# جلایہِ وطنی ہُنٛد ادب

(عشق سر جلد-٦)




ترتیب وتہذیب

رتن لال جوہر



کشمیری بھاشاوسنسکرتی پرتشٹھان (سمپرتی) جموں

# جلاوطنی ہُنٛد اَدب

## (سٲتی سَر جِلدٕ-٦)

ترتیب وتہذیب

رتن لال جوہر

معاوِن

مکتوم جے کشن رینہ

کشمیری بھاشاوسنسکرِتی پرِتشٹھان (سمپرِتی) جموں

کِتابہٕ ہُنٛد ناو : جلایہٕ وطنی ہُنٛد ادب (سُتی سَر جِلدٕ ٦)

ترتیب کار : رتن لال جوہر

چھپن وٕری : 2003

مول : Rs.200

نأشِر : سمپرٛ تی (رجسٹرڈ)

کمپیوٹرڈی. ٹی. پی : رِنکوٗ کول (2595136)

پریس : جے کے آفسیٹ پرنٹرس دہلی ۔ 6

سرورس : بھوشن کول

کِتاب میلنگ پتاہ :-

۱۔ 5-اپناوِہار، گُنجونی، جموں180010

۲۔ کِتاب گھر، کنال روڈ، جموں 180001

۳۔ 904۔ سُبھاش نگر جموں18005

نوٹ: قلم کارن ہٕنٛزِ رایہِ سِتی اِدارُک متفِق آسُن چھُنہٕ ضروٗری

یہ کِتاب

چھےٚ تِمن سارِنٕے بےٚ وطن

قلم کارن تہٕ اُدیبن

اَرپن

یِمو بِسیار مُشکِلاتَو تہٕ تکلیفَو باوجوٗد تہِ

کاشِر زبانۍ

عِلمہٕ تہٕ اَدبہٕ رٕنٛگۍ وسجار بخشٕنس

کانٛہہ پرٕگی تھاوٕنۍ

# باگنے

# اَکھ زٕ کتھ

پڑٲنۍ کاشُرۍ کتھ چھےٚ زِ " گرٕ وٚنڈٕ ہے گرٕ ساساہ بَرٕ نیرٕ ہے نہٕ زانٛہہ "۔ گرٕ چھےٚ سو پٮ۪نٹھ پُرٕن یَتھ مَنٛز روٗزِتھ اَکھ گٔری گرٕ تہٕ شُری باٚژ بسٲے چھِ کران تہٕ پنٕہٕ نِس اوٚ ندپوٚکھِس تہٕ حقس ہمسایَس ستۍ لٔستھ بٔستھ کُنۍ زبان بوٗلتھ تہٕ تمی زبٲنۍ ہنٛدی ہوِی وژَن، باٚتھ، نغمہٕ گیوٚتھ لوٗکبن تہٕ بڈٕبن دوہَن پٮ۪ٹھ نٔوٗن گرِتھ تہٕ شامہٕ پٮ۪تۍ پڑانہِ داستانہٕ تہٕ لُکہٕ کتھٕ بوٗزِتھ سوکھس دوکھس شریک چھِ آسان۔ مگر یوٚ دوَے کُنہِ جمٲژ یا فِرقس پننۍ پُرٕن ژرٲوِتھ پرِ پیٚنٛچہِ پٮ۪ٹھ شرناگتھ بٔنِتھ بسٲے پیٚیہِ کرٕنۍ تیٚلہِ چھےٚ تَتھ فِرقس یا جاتی خاطرٕ پنٕنۍ پچھان رٔژھراوٕنۍ کارِ مُشکِل بنان۔ پَرٕ زبان بوٕلنۍ تہٕ وو پرٕ طور طریقَن ہُنٛد وُرٕن وٕلتھ پٮ۪نٕن ثقافتی تہٕ تہذٟبی پڑاوُت راٚوِس تل گژھنکہِ اِمکانٕک دوکھ، دگ تہٕ تیوٚل چھُس للہٕ وُن پیوان۔

یٮ۪لہِ اَسہِ کٲشرٕن بےقصوٗر مگر باشعوٗر بٹَن 1989 ہس پتہٕ کٔشیرِ ژرٲوِتھ جیٚمہِ، دِلہِ، بمبیہِ، بنگلور تہٕ مُلکہٕ کیٚبن دوٚیمبن شہرن مَنٛز مجبوٗرن

بسأے پیٹھ کرنٕ سانہِ اُدیبو کوٚر وار یاہ اَدب تخلیق۔ یتھ منٛز پٔتھن گدرن، دوکھ تہٕ راون تیٚول باوتھ چھُ لبان۔ کأشری، اُردو، انگریزی تہٕ ہیٚندی زبأنی منٛز آیہ ابسے، افسانہٕ، ناٹک تہٕ شأیِری ہنٛز وِکتابو علاوٕ تنقیدی تہٕ باقی موضوٗعن پیٹھ ہتہٕ بٔز کِتابہ لیکھنہٕ۔ ءکژہ کأشِر شأعرایہ تہٕ دڑایہ ننہٕ۔ اَتھ سأری سے اَدبس مولأنکہٕ وَن کرنہٕ موکھ آو جیٚمہٕ ٹرن دوٚہن ہُند اکھ قومی سوٚتھریک بہلہِ پایہ سیمنار مُنعقد کرنہٕ۔ یتھ منٛز ڈوڈ درجنہ کھوتہٕ زیادٕ مضموٗن آیہ مُختلِف پہلوٚہن پیٹھ پرنہٕ۔ زیادٕ مقالہٕ آیہ ہیٚندی زبأنی منٛز پرنہٕ یُتھ اَمہِ اَدبُک مُژ، مُدعاتہٕ باوتھ لبہٕ سأری سے مُلکس تہٕ دوٗر تام واتناوبر۔ اَتھ سیمنارس منٛز یم مضموٗن کأشِری پأٹھی پرنہٕ آیہِ تم چھِ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز۔

"سمرٕتی" چھےٚ بے گرٕ تہٕ جلاۓ وطن کأشرٕ بن ہنٛز ثقافتی تنظیم تہٕ اکھ اَدبی سمن بل۔ تخلیقی تحقیقی تہٕ اَدبس وِتھبوٚ دِنس کُن چھُ اَمیُک زیادٕ پہن توجہ۔ وُنہٕ گیہ نہٕ اَتھ تنظیمہِ اَٹھ وٕری تہٕ پکان مگر کیٚنٛہہ کامہِ کرِبن تھکبنہِ لایق۔ پرٕتھ وٕرِیہ چھِ بیٚون بیٚون موضوٗعن پیٹھ سٔتی سر سِلسلِچ اَدبی کِتاب شایع کران۔ بُزرگ تہٕ کوہنہٕ مشق اَدبی شخصیژن سٔتی روٗ برو مُلاقاتھ کٔرِتھ تِہنٛدِس دِتس ڈاکیومنٹ کران۔ مُشأیِرٕ تہٕ باقی اَدبی

پرٛوگرام، سمنار تہٕ تنقیدی محفلہٕ بیٚترٕ چھہٕ باقایدٕ گی سان سپد ان روزان تہٕ آینٛدٕ ہِن سنگیت چہٕ محفلہٕ تہٕ منعقد کرنہٕ۔

بہٕ چھُس شری رتن لال جوہر تہٕ شری جے کِشن مکتوم سُنٛد سبھٹھاہ مشکوٗر یِمو ژُ کہِ سان یتھ سومبرنہٕ ترتیب دِژ۔ ووٚمید چھم آینٛدٕ تہِ روزِ "سمپرٛتی" ہِنٛزِ یہٕ ژُ کہِ سان اَدبی کِتابہٕ شوٗ براونٛچ مجنٛتھ تہٕ کل حاصِل۔

۴؍جنوری ۲۰۰۴ء

موتی لال کیموٗ

صدر

کشمیری بھاشا وسنٛسکرِتی پرٛتِشٹھان (سمپرٛتی)



Distinguished gathering assembled to participate in seminar :
**"Literature in Exile"**



Dr. Kapila Vatsyayan delivering inaugural address to the distinguished Guests, Writers, **"Literature in Exile"**, Seminar




Dr. Amitabh Mattoo, V.C. Jammu University delivering Presidential address : **"Literature in Exile"**, Seminar



A section of audience : **"Literature in Exile"**



A section of audience: **"Literature in Exile"**




Members of Presidium for second Session **"Literature in Exile"**




President of the **SAMPRATI,** Shri Moti Lal Kemmu :
Presenting vote of thanks to the members, participants



Distinguished gathering present at the inaugural session:
**"Literature in Exile"**

# پڑاوِش

سٟتی سَرٕ سِلسِلٕچ یہِ شیٚیم کِتاب چھِ تتھ اَدبس مُتلِق کیٚژن مقالَن پٮ۪ٹھ مُشتمِل یَتھ جلایہِ وطنی یا غرٟب اُلوطنی ہُنٛد اَدب یعنی Literature in Exile ناو پیو۔ پٟتِمین قریٚبن ژۄداہَن ؤری یَن دوران یعنی 1990 پٮ۪ٹھ اَز تام آو جلایہِ وطن گاٚمتیو کاشرٮ۪و لِکھارٮ۪و ڈٲسی بِسیار اَدب تخلیق کرنہٕ۔ اگرچہِ ہندی، اُردوٗ تہٕ انگریزِیس منٛز تہِ واریاہ لٹریچر لیکھنہٕ آو اَماپوٚز زیادٕ پھِن سَپُد کاشرِس منٛزٕ تحریر۔ شاعِری، افسانہٕ، ڈرامہ، ادبی، تنقید تہٕ ترجمہٕ بیٚترِ غرض پرٛتھ کانٛہہ کاشِر اَدبی صِنف آیہِ مالامال کرنہٕ۔ چنانچہِ سپٕز یمو بے وطن لِکھارٮ۪و ڈٲسی کاشرِس منٛز اَتھ وقس دوران وُہ شارٕ سوٚمبرنہٕ، اٹھ افسانہٕ سوٚمبرنہٕ، شُراہ تنقید، ادبی تہٕ باقی نٟرس پٮ۪ٹھ بنی کِتابہٕ، اٹھ ڈراما سوٚمبرنہٕ تہٕ اٹھ ترجماوِنٕژ کِتابہٕ شایع۔ اَمہِ علاوٕ سپٕز واکھ، بکھتی تہٕ صوٗفی شاعِری ہنٛزٕ زٕ تُووہ سوٚمبرنہٕ تہٕ چھاپ۔ ہو پاری رُوٗدیمَن لِکھارٮ۪ن ہُنٛد کاشُر اَدب دہلی پٮ۪ٹھ نیرِونہِ کوٗشُر سماچار تہٕ نادجیمہِ پٮ۪ٹھ ماہوار کھیر بھوانی ٹائمز، کلکتہ

پٲٹھ وِتستا، کٲشِر پٲٹھ آلو، شیٖرازٕ، ہرموکھ، ثقافت، پرتو بیٚترِ رِسالن اندر لگاتار شایع سپدان۔ یہِ سورُے کیٚنٛہہ نظرِ تل تھاوِتھ آو "سمپرتی" ژٕسی 27 اپریل، 28 اپریل تہٕ 29 اپریل 2003 پٲٹھ ترٛن دوہَن ہُند اَکھ بارسہٕ آل انڈیا سوٚتھریک سیمنار جموں یونیورسٹی تہٕ کشپ بھون اَمپھلا مُنعقد کرنہٕ تاکہِ اَتھ سٲری سے اَدبس پیٹھ سام ہیٚنہٕ۔ اَمہِ سیمنارُک عنوانہٕ اوس Literature in Exile۔ اَتھ سیمنارس مَنٛز آیہِ وارِیاہ مقالہٕ پرنہٕ یِمو تلہٕ یہِ واضح گوو زِ جلاوطن گژھنس پٔتۍ کٲنٛہہ کارفرما محرِکات، جلاوطنی ہنٛز دگ، پٔنُن وطن عزیز، پٔنٛنۍ یار دوس تہٕ ہمسایہِ راوٕنک تیٚول، کٲشِر ہُند اَکس خاص منصوٗبس تحت ریٚش وارِ پٲٹھ راکھسی وارِ اَندر تبدیل گژھُن تہٕ تتہِ جٲری لوٗٹھ مار تہٕ نار نار، قتل و غارت گری، اَپزٕ تہٕ شوشہِ بٲزی، بٔندقہٕ کلچر ستۍ لوکن ہُند شرٕ وکنن اَژُن تہٕ ژٕم پھٕٹۍ گژھُن تہٕ پرسوٚنچس وِتھو بولکنک دوکھ، خوٗف تہٕ دہشتُک انہِ گوٚٹ ژٕلتھ تہٕ انسانیتُک پرٛکاش نوٚن نیرِتھ سو پرٛانۍ ہش کٲشِر بییہِ اَکہِ لٹہِ بحال گژھنچ آشا، کٲشِر نبر روٗزِتھ تہٕ پٔنٛنۍ پرٛزنتھ تہٕ پٔنُن مخصوٗص کلچر ژھراونچ کل بیٚترِ ہوی موضوٗع چھِ اَتھ اَدبس اندر غالِب۔ مقالو تہٕ تِمن پٲٹھ سپدی یتہِ زوردار بحثہٕ تل سپد پتہِ کھرٕ زِ جلاوطنی دوران تخلیق سپدمت کٲشُر اَدب چھُ دُنیاوی اَدبک تتھے پٲٹھی

اَکھ مُستند تہٕ باگہِ بوٗ رُت اَنگ ییتھ پأٹھی فلسطینی اَدب بیتر چھُ۔ یہِ چھُ کلہم کأشرِ ادبچہِ عمارژ ہُند سہٕ مبضوٗط ژیوٗن ییمہِ ورأے ووٚنی اَمہِ عمارژ ہنٛدِ وجوٗ دُک تصوٗر کرُن محال چھُ۔ یہِ ژہنہٕ ون تہٕ لٔج زِ کأشرِ زبان پنٕنہِ موٗلی تہٕ اصلی ہیٔژ منٛزٕ ژھراونچ یوسہٕ کوٗشِش اَتھ ادبس اندر سپزٕ مژ چھےٚ چھِ توجہ منٛگان خاص کریہِ وُچھتھ زِ أتھی وقتس دوران یُس ادب کٔشیرِ اندر تخلیق سپد تتھ اندر رچھُ کأشرِ زبأنی پیٹھ بے جاتہٕ نہٕ وبتراوُن لایق فارسی تہٕ عربی یک بار تژ اونہٕ آمُت خاص کٔرِتھ نثری ادبس اندر۔

کٔشیرِ ہنٛد بن حالاتَن تہٕ تتہِ پیٹھ جلاے وطن سپد یمتِن کأشرِ بن مُتلِق کمہِ آیہِ چھِ دوٚ ییمہِ زبأنی مثلن اردوٗ، پنجأبی، ہیٚندی، ڈوٗگری تہٕ انگریزی یکِی أدیب سوٗنچان تہٕ باوتھ کران تتھ مُتلِق تہِ سپدی مقالہٕ پیش۔ چوٗنکہ یمِ مقالہٕ أسی اُردوٗ، ہیٚندی، انگریزی تہٕ کأشرِس اندر۔ لہٰذا آیہِ یمن ہنٛدِ خأطرٕ ستی سرِ کتابہٕ ہنٛدی زِ خصوٗصی جِلدٕ آیتن تھونہٕ۔ اَکھ ہیٚندی تہٕ انگریزی پأٹھی بیاکھ یہِ یُس کأشرِس منٛز چھُ۔ سانہِ تنظیمہِ یعنی سمپرٛتی ہُند أیین چھُ کأشرِس علاوٕ دوٚ ییمن زبأنن اندر تہِ کِتابہٕ شایع کرنک اِجازتھ دِوان۔ مگر شرط چھُ یِزٕ مواد گوٚ ژھِ کأشرِ زبأنی، ادب تہٕ ثقافتس مُتلِق آسُن۔

ییمہِ کِتابہٕ بژ ونہہ سپزٕ ستی سرِ سِلسِلچ پأنژھ کِتابہٕ شایع۔ ستی سرا

(نثر) ستی سر۲ (نظم) ہم کال کوشُر ادب نمبر۔ عہد ساز دِہنا ناتھ نأدِم نمبرتہٕ ستی سر مُلا قاتھ نمبر۔ یِم ساریے کِتابہٕ واژ مُلکی تہٕ غأر مُلکی جایَو علاوٕ کٔشیرِ ہِنٛدِس کوٗنس کوٗنس تام تہٕ۔ مگر باسان چھُ زِ سانٮ۪ن یِمَن اپماندارنہٕ کوٗشِشن چھِنہٕ کٔشیرِ انٛد رروزن وألی سأنی بُزرگ کٔیو جوان أدبب تہٕ نقاد دوس ظأہر اخأطِرس منٛز انان۔ حالانکہ یور یتھ چھِ تِم بڑ ہٹہِ بارَو دِوان زِ یہاسأ چھُ بڑی پأٹھی کمال تہٕ فخر کرنس لایق زِ جلاوطن لِکھار بوتھوٚ وکأشرِ زبأنی تہٕ ادبُک جنٛڈ بُلنٛد۔ یِتے اوت نہٕ بُلکہِ ہسأ بنیہِ پننہِ ذأتی دگہِ ستی ستی تمہِ دگہِ ہنٛدی ترجُمان تہٕ یوسہٕ کٔشیرِ انٛد ردم پھُٹی گأمتٮ۪ن کأشرٮ۪ن 1990 پتہٕ أنٛدری وچھ کوٗران چھِ۔ مگر خبر کیا زِ چھِ یِم صأب کٔشیرِ واپس وأتِتھ اَتھ مُتلِق پُر اسرار پأٹھی کتھ کھوان۔ بہرحال یہِ فأصلہٕ ترٛاو وِہنہٕ وأتِس زمانس پتہٕ یُس پانٕے دوٚدتہٕ آب بٮ۪وٚن بٮ۪وٚن کڈِ۔ پٮ۪تھِمٮ۪ن روزِیہِ ذِکر کرُن تہٕ وأجب زِ جٮ۪مس انٛدر چھِ اوسطن پنٛدہَن دوہَن منٛز اَکھ کأشرِ کِتاب رِلیز سَپدان تہٕ یہِ شہر چھُ کأشرِ زبان تہٕ ادبُک اَکھ اہم مرکز بنٮ۪وٚمُت۔ واریاہ کِتابہٕ چھِ دوشوٕنی رسمہِ خطن یعنی نستعلیق تہٕ ناگری یَس انٛدر چھاپ سَپدان۔ کأشرِ خأطرٕ ناگری بطورِ اَکھ مُتبأدل رسمہِ خط چھےٚ ووٕنی اَکھ حقیقتھ بنیمژ۔ مرکزی سرکارٕ طرفہٕ چھُ یہِ بُرٛنہے تسلیم کرنہٕ آمُت تہٕ پٔرٕ وومید چھِ زِ

ریاستی سرکارتہٕ کرِ اَتھ تسلیم۔ پزٕتھ کأنٛسہِ ہنٛز چھےٚ یہے کوٗشش روزان زِ
تسنٛز کتاب گژھِ دوشوٕنی خطن منٛز نیرٕنی یُتھ زِ زیادٕ لُکھ پرٕنس۔
ناگری رسمہِ خط عام کرنس تہٕ کشیرِ نیبرٚ کأشرِ زبأنی ہُنٛد مُستقبل محفوٗظ
کرنس منٛز روٗد کوشُر سماچار، کھیر بھوانی ٹایمز، وِتستاتہٕ نادرِ رسالن ہُنٛد زبردس
رول۔ عصری کأشرِ ادبہٕ علاوٕ آوبۄ وُٹھم ادب یتھ اند رصوٗفی بکھتی تہٕ جدید
شأیری علاوٕ افسانہٕ تہٕ اسے بیٚترِ شأمِل چھِ یمن رِسالن ہنٛدبن کأشرٕن
پاٹھن منٛز ناگری یس منٛز پھِروٕنہٕ تہٕ مُلکی تہٕ بیرٕونی جایَن تام واتناوتہٕ
یٚیمیک ردِ عمل سبٹھے حوصلہٕ افزا روٗد۔ اَتھ رسمہِ خطس مُخالفت کرن وألی
تہٕ چھِ اکھ اِفأدِ یتھ وُچھِتھ وونی خاموش ہیٚتِ مِتی گوٚمٕتۍ۔ یٚیمہِ حقیقتہٕ زِ کأشرِ
زبأنی زِ رسمہِ خط میلنۍ چھےٚ امہِ زبأنی ہنٛز ترقی تہٕ امہِ کہِ تابناک پیش کاچ
زمانتھ نِشہٕ کِتس کالس روزِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبُک حقیقی خأر خواہ اَچھ ٹُوتھ۔
بہرحال سُتی سرِ کتابہٕ ہُنٛد یہ بیاکھ خصوٗصی شُمارٕ چھُ پیشِ خدمتھ۔
وومید چھِ یٚیمہِ لٹہٕ سوٗزِو ضروٗر روٗزنۍ تاثرٔات۔

جوہر

# کأشُر نثر: جلایہِ وطنی اَدبس اَنٛدر

ڈاکٹر رتن لال شانت

1990 تہٕ یور یہِ کیٚنژھا کشیرِ ژٔلۍ مِتو اَدیبو لیوٚکھ تہٕ یتھ ہُنٛز سیٚد سیوٚد یا ورگہٕ پأٹھۍ کشیرِ ترٛاونہٕ کِنۍ حالاتَن یا وطنہٕ نیٚبر درپیش آمتین مُصیبتن یا خلاف توقع وطنہٕ دوٗر روٗز ِتھ زِندگیہِ ہنٛزِ روأنیہِ ژھٔنٛن گوٚھنہٕ کِنۍ دادبن ہُنٛد ذِکر سَپُد تتھ آو وطن بدری ہُنٛد یا جلایہِ وطنی ہُنٛد اِدب ونہٕ تہٕ یہِ ناو چھُ ووٚنۍ بحثیت اَکھ ادبی اصطلاح باضأبطہٕ اِستیمال سَپدان۔ یُتھ ادب چھُنہٕ کأشرِ ادبہِ کُس ڈٔری یاوس مُتوأزی الگ جویہِ ہِنٛدۍ پأٹھۍ پکان بلکہٕ یہِ چھُ تمی ڈٔری یاوٕک اَکھ شاخ، فرق چھِ یہِ زِ ڈٔری یاو چھُ ہیٚتۍ موشیٚیوٚ ہتوٗری یو پیٚتھ شینہٕ بالو تہٕ شیٚہجار وتٔلۍ وسان تہٕ یہِ شاخ لوٚگ سیکہِ شاٹھن ییٚتہٕ اتھ پٔٹھن قودرتی شیٚہجار وُچھن سبٹھاہ مُشکِل بنیومُت چھُ۔ بہرحال چھُ پونٛ یہِ سُے، ملر چھِ اتھ تِتھے پأٹھۍ ووتھان شأیریہِ ہِنٛدۍ، مَنٛزٕ کاے لوٕکٹ لہرأ ژھ تہٕ اَفسانہٕ یا ڈرٛاما لیکھنہٕ آو، نثرٕچ کامن

چھےٚ اتھ اند رتہٕ ٹا کارٕ۔

حقیقی نثر چھِ کُمیہِ پرٕد ترآوِتھ چھِ نقاد عوٚمؤمن افسانہٕ ڈرامہ کس بیانِیا یا نریشنس مولانکون کران تِکیازِ نثر چھُنہٕ کُنی ۔ یتھ زبأنی اوٚڈ درجن نثری کِتابہٕ تہٕ آسن نہٕ تتھ اندر کُو تاہ پھولہِ پھبہِ افسانہٕ یا ڈرامہٕ ہُک اسلوٗب تہٕ، یہِ چھِ سوٗنچن وأنلی نظر انداز کران۔ بیانِیا نثر تہٕ چھُ سنجید کِیہِ ہُند سورتیلی پڑاوان یِیلہِ حقیقی یعنے ابسے ہُک نثر ووتلیومُت تہٕ قأیم گومُت آسہِ ۔تہٕ یُتھ نثر چھُ زِند کِیہِ ہند بن مسلن کُن سانہِ ایماندارئ وی ٹیک اتاہ پتاہ دِوان، زبأنی ہنز بالیغی ہُند چھُ اتھ پس منظر آسأنی تہٕ ونہ ٹُک ضوٗررتھ چھُنہٕ۔

پٔتِمبن ترٛ واہن وٕری ین ہنزِ وطن بدری دوران یہِ کینژ ہاہ کشیرِ نیبر لیکھنہٕ آوتھ نظر دِتھ چھِ اکأے کِتاب نظرِ گژھان یوسہٕ حقیقی نثری تخلیق مأنِتھ ہکون۔ سو چھےٚ پُشکر ناتھ درِ سنز ابسے سوٗنرن "چیٚٹہِ ناو"۔ اگرے نثرِ کِ بُنیأدی تأریف سختی سان لوگو کروَنہٕ تیٚلہِ ہیکو شاید ادبی تنقیدُک نثر تہٕ ورگہٕ پأٹھی پننہِ ییمہِ بحثُک موضوٗع بنأوِتھ۔ یا امی پأٹرِ تولو شاید ترجمُک نثر تہٕ مگر بہر حال چھُنہٕ ییمہِ مُقالُک مقصد اتھ اندس کُن سفر کرُن حالانکہِ ادبی تنقید چھِ کینٛہہ کِتابہٕ (مثلن امر مالموہی سنز "وکھنَے تہٕ وبژھنَے") چھےٚ

سون توجہہ منگان۔

دپان ابسے یۄ تاہ ہِکہٕ وُ زے ءمتہن خیالن بے ساخ تِکیہ سان پیش کرِ تیۄ تاہ چھُ مُتاثِر کران۔ مگر یہِ بے ساختگی چھےٚ کارِ داردیوسہٕ سبٹھاہ پٔری مِتِس لیکھی مِتس اَدیبس تِہٕ مُشکِل چھےٚ مگر ییمہٕ خأطرٕ لیکھن وألی علی مَس تہٕ پننہٕ زیوٚ پننہٕ تجرُ بہٕ یکس اِظہارس پیٹھ ءمشق تہٕ مَشقت کٔرِتھ مُکمل قوۄ حأصِل کوٚ رمُت آسہِ۔ پُشکر ناتھ درن اوس نہٕ یموا بسے ہَو بڑ وٹھ کأشری پأٹھی کھٔنی لیوٚ کھمُت یَتھ پیٹھ لَس پانس سنتوش آسہِ ہے یا یہِ نقادن ہِنٛزِ نظرِ گومُت آسہِ ہے۔ توے تہٕ چھِہ یمن ابسے ہَن حقیقی ہِنٛز چہِ دوشوے خأصیتہٕ اَرٕ ورٕ موٚجوٗد۔ تہٕ گو پزٕ یم چھِہ مُصنِفہٕ سٕندِ ووٚنٛدٕ منٛز ہِکہٕ دزٕ امتی یہٕندی محسوٗسات یمن کُنہِ تہٕ رِ بوایتی ادبی ساختُک کانٛہہ تہٕ جامہٕ لاٗ یِتھ ہکو نہٕ۔ یہِندی محسوٗسات چھِہ وطنہٕ نِشہِ بے وَجہہ ژھننہٕ گژھنہٕ کِنہٕ حأری ثاتن ہِندی تہٕ یمن چھُننہٕ پننہٕ اِجتمأعی سمأجی ژہٕتہٕ وٚترِ کہِ ادبی خزانہٕ ورأے کانٛہہ علمی پس منظر قلمس اتھِ روٗٹ کران۔ کِتابہٕ ہِنٛدِس "ہیٚنز ے" ناوٕ یکس تمیدس منٛز چھِہ ونان:

"یتھِ نِے حالاتن وُچھِتھ پییہِ مےٚ تہٕ چیٚتِہ ناو، سمأجی، اخلأقی تہٕ مجبوٗری بٔرِتھ پزٕ کِنہٕ واقاتن مُتلِق کیٚنٛہہ نتہٕ

کینٛہہ لیکھِ نٕچ ......

وُنہِ تہٕ چھِ باسان زِندگی چھےٚ چیٚٹہِ ناو کٔشیرِ نیٚبر۔ چھم وٕنتی اَخرس پیٹھ زِیوٚت یوٚت گرٕھو کاشُر پرُن لیکھُن متہٕ مأنی تو چیٚٹہِ ناو۔ أسی روزو زِندٕ ییٚلہِ کاشُر روزِ زِندٕ۔ ہیٚنٛزٕ ے کرِتھ گری تَو امیٚک شری گنیش۔ "ہیٚنٛزٕ ے!" چھِ بٹہِ کھانٛدرس پیٹھ ونہٕ ونٕچ پرٛتھ لُنڈٕ تہٕ پرٛتھ وژُن شوٚر رُو کرنہِ وِزِ گوڈٕ ونان۔ مطلب چھُس "ولا ے یاہتأ ے وٚیسی!"

یِمن ابسے ہَن مَنٛز چھِ مُصنفنٛی سماجی پریشأنی ٹاکارٕ تہٕ اوے چھِ پیٹھی پیٹھی مُطالہٕ کرنہِ وِزِیم سماجیأتی ردِعمل زیادٕ تہٕ ادبی کأوِش کم باسان۔ یِمن انٛدر چھُ یِہُند موضوٗ سرس تہٕ اسہِ چھِنٕہ کُنہِ تہِ ابسے ہِکہِ موضوٗ ٹِک سایہِ بیٚپِس کُنہِ منٛزٕ پرزناوُنس مُشکل یِوان۔ موضوٗ چھِ ڈرراونہٕ یِوان ییٚمہِ کِنی لیکھن تراے یا اسلوٗب تہِ مُتٲثِر گژھان چھُ۔ وون گوٚ کٔشیرِ ژلہٕ نِک تہٕ جلاوطنِیہِ منٛزٕ پریشان گوژھِ نِک موضوٗ ہیکہِ نہایت ہنگأمی نۆعیتُک ادب پأدٕ کرِتھ یہِ زن واریاہن أدبن ہِندس ادبس گو۔ مگر پُشکر ناتھ در چھُ بے خبری منٛزٕ ے پنہِ نِس موضوٗہَس سٟتی دِلی راگگ توٗلُق قأیِم کران تہٕ امہِ سٟتی

چھُ تَسُند واقع یا کِردار ادبی جہت پڑ اوان۔ یہ دِلی راگ (کنسأرن) چھُ طنزس زٕنم دِوان تہٕ اَکھ بے ساخت اسلوٗب چھُ سارِنے ابسے ہَن آوراوان۔ "شُمشانک بیوٗل، کُمی سنا گول" ابسے ہَس منز چھُ کشیرِ اندر سرکأری کنیو پرایویٹ حاطن اندر ربونِہ ژٹنہٕ پینہٕ کِس المیہ ہس درصأب پننہٕ مخصوٗص طنزِ یہ اندازِ ستی زیادٕ تیز تہٕ پُر آشوب بناوان یپلہٕ سرینگرِ کِس شمشان بلس اندر ربونِہ تہٕ کُلی ژٹنہٕ پینس پتھ ونان چھُ۔

"راز پادشاہ اوس ژوٗرِ کُلبن ستی کِنی روٗزِتھ شوٗن پژاران۔ مگر تمی سُند ژوٗرِ روٗزن تہِ آکھ نہٕ خوش۔ کُلی ژٹِھ۔ آورٕنی دژایہ تُنی۔ مأنن پینہِ زِ کُلی (بونہِ ویرِ تہٕ پھربس) ژٹنہٕ وِزِ سوٚر رتھمو تہِ بھگوانہٕ (خودایہ) سُند ناو۔ بسم اللہ کرِتھ۔ سولُکر تھأوِکھ بٹہٕ شوٗن خأطرِ تیار۔ مگر نہ روٗد بٹے نہ کُلیے۔ ووٚنی ماکرن راز پادشاہَس تہِ مایگرنٹ بنہٕ نس مجبوٗر......"

یہِ طنز چھنہٕ پَرن وألِس پلو ژٹہٕ نَس مجبوٗر کران حالانکہ یہ چھُ باضأبطہٕ تھ کتھِ سن کران یوسہٕ مُصنفِس یم ابسے لیکھنس کُن رأغِب کران چھے۔ وجہہ چھُ زبأنی تہٕ جُملہٕ سأزِیہٕ ہُنر بے ساختہٕ گی یوسہٕ زن ادبی صِفت کأری

ءستی یُتھ موضوٗ ورتاونہٕ وِزِدٕ رِتھ ہیکہِ نہٕ۔

موضوٗ ہُک مزاجہِ چھُ یمن ابسے انیکڈوٹل ((anecdotal) قصہٕ رنگ) بناوان تِکیاز مُصنِفہٕ سُند مقصد چھُ پَنُن موقف انفرأدی تجرُبہٕ دِتھ پرن وألِس تام واتہٕ ناوُن۔ بیش تر ابسے ہَن ہٕندی ناوچھِ کُنہِ دٕپِتس، گُنٹھ تیہٕ یا محاورس پیٹھ مبنی۔ اَمہِ ءستی چھُ نِنان زِ لِکھأ ارِس چھُنہٕ صرف پنُن مضموٗم تہٕ مقصوٗد نظرن تل عیاں بلکہ سُہ چھُ تتھ اَکھ بامعنے عنوان دِتھ کتھِ گِنٛز کٔڈ نِچ صلأ حِیتھ تھوان۔ "یمن اَتھن تھوکہٕ"، "کووقتُک کوٗستوٗر"، "انگریزی سأزِش : کاکُن ہاپتھ"، "أنِم سوے لجِم سوے پانہ ہبے"، "سونہٕ روپہٕ کنہِ چھُے تاراچند"، "ژلہٕ ہاچانہٕ دادِ ژ ہیتھ ءستی"، بیٚترِ چھِ عنوان تہٕ یم چھِ ابسے ہُک اسلوٗب طے کران۔ یاتہٕ چھُ لِکھأری یم پننہٕ کتھِ ءستی جوڑنہٕ کِس عملس منٛز کتھِ ہُند سِلسِلہٕ پکہٕ ناوان یا چھُ واقع دِتھ اخرس تتھِس انجامَس واتان یتھ بیٚتھن یہِ عنوان بطورِ قصُک مارل (moral) بنان چھُ۔ قصہٕ چھُ بذاتِ خود تہِ اہم آسان تِکیازِ سُہ چھُ ابسے ہُک وأقاتی خاکہٕ طے کران تیمکی نقش انفرأدی تجرُبن بنأمنٛز آسان چھَ۔ یم واقاتھ چھِ عوٗمن ابسے ہَن نریٹوِ رنگ دِوان تہٕ خوشک فلسفی یا ناصحانہٕ رنگ رٹنہٕ نِشہِ بچاوان۔ اکأے کتھ بار بار ونہٕ نِکہِ دوٗشہِ بغأر چھُنہٕ ابسے ہَن منٛز

ناصٕحانہٕ رنگ گٔنہٕ جاےٚ تہٕ ووتلان ییلہٕ زن کردارن ہُند کنسأرن جاےٚ جاےٚ بڈٕتھ تہٕ بوٗلتھ آسنہٕ کنٛ کھٔرتھ تہٕ ہیکہٕ۔ بہرحال چھُ واقأتی روٗپ یمن ابسے ہن زیاد ادبی رنگ دِوان، تہٕ واقاتھ کنٛو قصہٕ مختلف تہٕ رنگارنگ آسنہٕ کنٛ چھُ ڈٔرراو (repetition) نظر اند از سپدان۔ کم اَز کم اَکھ وأقاتی قسمک ابسے " کرسنا سون نیاے اند ے "چھُ افسانس نکھہٕ نکھہٕ ووتلان۔ شوٗرٔوٗ چھُ گوٗھان یتھہٕ کنٛ:

"لالن روٗٹ پوشہٕ ٹوٹھ نالہٕ متہٕ ییلہٕ روگہ ناتھ بازرس منٛز واریاہ کأنٛی نظر گوس...... دپان چھُس اخبارٕ کس دوٚیمِس صفس پٮٚٹھ گوم نہ چون ناو یا فوٹو نظرِ دوٚیم خبر ڈٔہیم دوہ ما کرِنے گٔنہٕ دوہ تہٕ مگر رُمہٕ ریٚشُن أے آسی نٔے زِند ے چھکھ۔"

اَمِہ پتہٕ چھُ مُصنف یمن دون کردارن ہنٛدِ دوٗرِرُک وجہہ بیان کران گٔشیرِ ہنٛدِ پانہٕ نیارُک سمہ ژارُک تیوٗل وکھنان تہٕ تم دِلکش نظارٕ باوان ییلہٕ:

"صُبس پرٛیڈ کھٕبن دِتھ کأنٛھی درواز س تل تھاکھ کڈنہٕ وِزِ اوس سٔمے میلان اَکھ أکی ہیٛنٛز دأدی کأنٛگر بوزنس۔ رازِ

بأے تہٕ لالہٕ صأب!، کرٕ کھ دِتھ آسہٕ دانٛد رخوجہٕ بایہٕ
کانٛل ووستہٕ ہا کھ سوٗژل ہبنہٕ باپتھ زأنی کاربٹن تہٕ بٹہٕ
نبن بڑونہہ کُن پکہٕ ٹک اشارٕ کران ......سورٕ ے گوآسہٕ
مُشتھ جلاوطنک دمشتھ وُچھتھ......"

یہ بیان چھُنہٕ افسانوی تہٕ مُصنِفس چھُنہٕ افسانہٕ لیکھُن مُدعاتہٕ گُرتھ چھُ یہِ
باسان زن تہٕ کِردارٕ ے سوٗنچان چھُ تِکیازِ پتہٕ چھُس وَنان......"ہے شاید
گویہِ (میون) کرنجلو پٕوٗنی سارٕن۔ ژٕ چھُکھ بوزان مگر وَنان چھُکھ نہٕ
کِہنٛہ۔زیوٕ تہٕ چھُکھ نہٕ حرکتھ کران۔"یہنٛز کتھ باتھِ پتہٕ چھُ مُصنِفہٕ سُنٛد
ابسے نِگاریہٕ بارس یِوان تہٕ سُہ چھُ وَنان......"یہِ چھُ صحی کٔشیرِ ہنٛز
مٔری یادا پرمپراتہٕ سنسکار ترأوی اَسہِ تتیٖ......" تہٕ پتہٕ چھِ آسنگن
(association) ہنٛز رٔج لگان تہٕ مُصنِفس (یا کِردارس) کٔشیرِ ہُنٛد بجر
یُس رووتہٕ حالچہٕ زِنٛدگیہٕ ہنٛز ناہموأریہٕ یموصرف کرٕ چھِ دیُت یاد پیوان
تہٕ أخرس چھُ وَنان......"من چھُ دِوان نالہٕ کرسنا سون نیا ے انٛد ے......
پوشہِ ٹوٹھ، ونہٕ ہے وُنہٕ تہٕ واریاہ تہٕ لوٗ ژراوِ ہے بوس مگر لالن تژ ووقدم
بیٚیس طرفس کُن......" ظاہرٕ چھُ زِ پوشہِ ٹاٹھیٚن أنٛدریٚم دودللہٕ وان تھأوِتھ
چھِ ابسے یچ افسانوی ہیٚتھ موٗجوٗد تھوان۔ یہِ عمل چھِ اَکھ باشعوٗر کوٗشِش

حالانکہِ اَمہِ ستی چھنہٕ اِچ ابسے شکل کم تر گژھان۔ یُتھے بیٚا کھ ابسے چھُ "کتہِ أسی کوٚٹ وأتی"۔ اَتھ اندر چھُ اَکھ کردار "رأز" گامہٕ پیٹھٕ شہر یِوان وویل ہاکہٕ بوٚ دہتھ تہٕ شُر بوٚتژ ووہس اَتھن زِ اصل ہاکہٕ کوسہٕ کمی أس زِیہِ اوگرتھو گُرون ہاکھ ہتھ آکھ یور۔ تتہِ چھوٚنہٕ توہہِ بنان تہٕ چھِوٚ وویل ہاکھ کھوان۔ تتھ پیٹھ ووٚنہٕ نکھ زِ گامہٕ کأژ اہ قو درتی نیٚامژ چھےٚ سولبہٕ سولبہٕ بنان یِمن ہُند شہرٕ وألی سوٚپُن تہِ وُچھن نہٕ۔ أتھی مکالمس ستی چھُ لِکھأری پزانبن سبزی یَن ہِنُند شوٚد پانہِ تہٕ مصالو تہٕ تیلہٕ ستی رنہٕ نس، کھاندرن پیٹھ سبزی یَن ہنزٕ گرژ منز اضافہٕ گژھان تژہن اَکہٕ تژہن تانی واتہٕ نَس تہٕ پتولاکن اتھ سأری ہے سِسٹمس نمتس منز تلک پیٹھ گژھ نس پیٹھ اَکھ لوکُٹ موکُٹ بحث لاگان یُس رأزی ہُند سوچ یا خود کلأمی تہِ مأنتھ ہکون۔ یِتھ افسانہٕ نُمایَتھ چھنہٕ سارِنی ابسے ہَن مگر بییٚن ترن منز چھُ قصن (انیکڈوٹن) ہُند سہارٕ نِنہِ آمُت۔ الگ پأٹھی ہکن یم قصہِ سماجیأتی مُطالعہٕ خأطرٕ وبژھ ناونہٕ یتھ مگر بہر حال چھِ یم ابسے ہن ہُند ترسیل سہل بناوان تہٕ پہندی اژھبن انگ بنان۔

یِمن قصن منز چھ کینٛہہ نوم:

☆ - أکِس بٹنہِ لِکھی دیٚد ہُند قصہٕ یوسہٕ ستہِ وہری

دراَبِ یار سرینگر ترے یہِ تہٕ تتہٕ گرِ حالتِ بدس مَنز وُچھِتھ کالے واپس ژٕلِتھ آیہِ ۔(اُس تھوٗپ)

☆ -سہز کاکھ تہٕ غنی ٹُنڈٕ نی کتھ ۔غنی لیس اوس نِچوٗ لُکہٕ ہٕنز سامانہٕ ٹرک ہیتھ ژوٗل مُت تہٕ ووٗنی اوس غنی پانہٕ جوٗمہِ رلیف رٹنہٕ باپتھ لاَنہِ اند رکھڑا۔(شِچھ خبر یاز خمن نوٗن)

☆ -تس بُڈ ماجہِ ہُند قصہٕ یوسہٕ نِچوٗ ی بیمارِ مَنز نرسنگ ہومس اند رتژ اَ وتہٕ ییٚلہِ مو یہِ ہومہٕ والیٖ ے دِتُس داہ تِکیٚا زِ نِچوٗ ی اوس پٔژن پتاہ غلط دیُت مُت ۔(کمہِ وتہِ وولمکھو گوٗ برو!)

☆ - سیما وانچو ناوِ ماڈاَرن نوشہِ ہُند قصہٕ ییٚمس واَرِوی ظلمہٕ کِنؠ خودکشی کرِنی پییٚہِ ۔(یُسے روٗ چھُم تس نِش رچھتم)

☆ -شنکر میٹن قصہٕ یُس صرف بٹہٕ گرن بیٚکھیا منگان اوس تہٕ آ گاہ موکل آسنہٕ کِنؠ تمن گرِ تژ اونچ پیشن گویی کران اوس ۔(کیٚسرِ ٹلی پوٗنی)

حالانکہِ اَمہِ ءتی چھنہٕ اِچ ابسے شکل کم تر گژھان۔ یُتھے بیٚا کھ ابسے چھُ "کتہٕ أسی کوٚٹ وأتی"۔ اَتھ اند رچھُ اَکھ کِردار "رأز" گامہٕ پیٹھٕ شہر یوان وۄپل ہاکہٕ بوٚ دہتھ تہٕ شُر بوتژ وۄہس اَسُن زِ اصل ہاکچ کوسہٕ کمی أس زِیہٕ اوگُرتھو گُرون ہاکھ ہتھ آکِھ یور۔ تتہٕ چھوٚ نہٕ توہہِ بنان تہٕ چھِو وۄپل ہاکھ کھوان۔ تتھ پیٹھ وَنہٕ نکھ زِ گامہٕ کأژ اہ قو درتی نیٚامژ چھےٚ سولبہٕ سولبہٕ بنان یمن ہُنٛد شہرٕ وأکی سوٚ ہُن تہِ وُچھن نہٕ۔ أتھی مکالمس ءتی چھُ لِکھأری پرٛانین سبزی ین تہُنٛد شوٚد پانہِ تہٕ مصالو تہٕ تیلہٕ ءتی رنہٕ نس، کھاندرن پیٹھ سبزی ین ہنٛز گرٛنژ منٛز اضافہٕ گژھان گژھان ترٛہن اَکہٕ ترٛہن تانٛی واتہٕ نس تہٕ پتولاکن اتھ سأری ہے سِسٹمس نمتس منٛز تلُک پیٹھ گوٚ ہنس پیٹھ اَکھ لوکُٹ موکُٹ بحث لاگان یُس رأزی ہُنٛد سونچ یا خود کلأمی تہِ مأنتھ ہکون۔ یتہٕ افسانہٕ نُمایتھ چھنہٕ سارِنے ابسے ہَن مگر بیٚین ترن منٛز چھُ قصن (انکڈوٹن) ہُنٛد سہارٕ نہٕ آمُت۔ الگ پأٹھی ہکن یم قصہٕ سماجیأتی مُطالعہٕ خأطرٕ وبژ ہ ناونہٕ یتھ مگر بہر حال چھِ یم ابسے ہن ہُنٛد ترسیل سہل بناوان تہٕ یہنٛدی اژھنن انگ بنان۔

یمن قصن منٛز چھِ کینٛہہ نوم:

☆- أکِس بٔنہِ لِکھمی دیٚد ہُنٛد قصہٕ یوسہٕ ستہٕ وہری

درأٖلۍ یارسرینگر ترے یہِ تہٕ تتہٕ گرِ حالتِ بدس مَنٛز وُچھِتھ کالے واپس ژٕلِتھ آیہِ ۔(أ س تھوٚ پ)

☆ -سہزٕ کاکھ تہٕ غنی ٹُنڈٕ نی کتھ ۔غنی یس اوس نِچُو لُکہٕ ہٕنٛز سامانہٕ ٹرک ہیتھ ژٕول مُت تہٕ ووٚنی اوس غنی پانہٕ جوٚمہِ رلیف رٹنہٕ باپتھ لٲنہِ اند رکھڑا ۔(شٕچھ خبر یا زخمن توٗن)

☆ -لتس بُڈٕ ماجہِ ہُند قصہٕ یوٚسہٕ نِچو ی بیمارِ مَنٛز نرسنگ ہومس اند رتژ اوتہٕ یپٚلہِ موٚیہِ ہومہٕ والیٚ ے دِتُس داہ تکیٚا زِ نِچو ی اوس پٔنٛن پتاہ غلط دیُت مُت ۔( کمہِ وتہِ وولِمکھو گوٚ برو!)

☆ - سیٖما وانچو ناوٕ ماڈٲرن نوشہِ ہُند قصہٕ تیٚمِس وأ رِوی ظلمہٕ کِنۍ خودکشی کرِ نی پیٚیہِ ۔(یُسے روٗ چھُم تس نِش رٕچھتم)

☆ -شنکر میٚتن قصہٕ یُس صرف بٹہٕ گرن بیٚکھیا منٛگان اوس تہٕ آگاہ موکل آسنہٕ کِنۍ تمن گرِ تژ اونٛچ پیشن گویی کران اوس ۔( کیٚسرِ ٹلی پونی)

☆ - نَٹؠ پورِکس مُصنِفہٕ ہِنٛدِس اَکِس دوستہٕ سُنٛد قِصہٕ لیس بندوقو یوا اپزؠ لانٛج کھور زِ ملٹری منٛز اوسکھ ۔ بچَن چھے تہٕ داہ ساس روپیہ تژاو ۔ تلہٕ اُسی تم اپزؠ ملی ٹنٹ تہٕ بٹہٕ یُتھے ژوٗل پانٛس اپزِ ے "سو یتہٕ " ونن والبوٹل ٹاوس ۔

"اپزٕ ے ہانٛگل " ۔ ( زِنٛدٕ لاش ، نقلی ہانٛگل )

مُصنِفہٕ ہِنٛدِ ونہٕ کنہ چھِ یم پزؠ قِصہٕ یم اخبارن کیٚو ریڈیوہن ؤنی تہٕ یمن پیٹھ افسانہٕ لیکھنہٕ ہِنٛج گنجائش چھِ موجوٗد ۔ اوٚے چھُ اسے کاریہُنٛد تخلیقی استعال کرِتھ پنہٕ نبن اسے ہَن زوٗ دارتہٕ حرکت دار بناوان ۔ یمو ستی چھُ اسے ہٕک تسُنٛد انفرأدی اسلوٗب تہٕ طے گژھان ۔

قِصہٕ گوٚیی چھے کیٚژن جایَن کمنٹری ہُنٛد روٗپ اختیار کران تہٕ کُنہٕ کُنہِ منطقی ارتقاہَس مدد کران ۔ اَمہٕ ستی چھُ لیکھن وأٚلس تہٕ پرن وأٚلس درمیان سیٚدٕ سیوٚد رأبطہٕ قایٚم گژھان تہٕ نژ چ بے ساختہٕ نوٚعیت وو تلان ۔ "یُسے روٚچھم لس بِنش رٕچھتم خوداوی" چھُ شوٚروٗ ہے تِتھٕ کٔنی گژھان زِ پرن وول چھُ سوٗرِ ے اسے پرٕنس مائیل گژھان ۔

"یہ چھِنہٕ لس بَنہٕ ہُنٛد وبلا پھ تیٚمس خانداراتہٕ زِ نوجوان نیٚچوی آتنک وادبو اچھن برٛ ونہہ کنہِ گولیو ستی ختم کرِ ی ......"

"واہ واہ تیٚ! جنت بے نظیر کشیرِ منٛز اَس ۲۰ ڈگری تاپس ہارس

شرٛ اونس مَنز اَز ہتھ ؤ ری بژ وٚنٹھ یہِ کرٛ کھ شہرس مَنز یوٗ زٕمِژ۔ شیٚنہٕ وول اوس سوو کھنے کران زِلوٗ کی کیوٗ بڈی......"

تہٕ کتھ چھےٚ کٲشیرِ پیٹھ جوٚمہِ کبن تاپہٕ کرایَن مَنزٲ کی نچوی ہِندِس مٲج مِندرس مَنز تژ اونس پیٹھ واتان۔ مٲج چھِ ونان۔ "اَمہِ کھوتہٕ آسہ ہا مِلی ٹٹوٗ کٲشیرِ مَنزٕ ے مٲرِتھ ژھنی ہِژ۔ یہِ دوہ پییہٕ ہیم نہٕ وُچھن۔" اسے چھُ جدید سائنسی ترقی باوٗجوٗ دانسٲنی رِشتن ہِندِ ہند ریا رُک واوبلا کرنہٕ خٲطرٕ لیکھنہٕ آمُت۔

پُشکر ناتھ درصابنہٕ نثرِ چہِ یِمہٕ سارِنے خوٗصوٗصیتہ چھےٚ تِہنزِ ادبی ایمانداریہِ کنی ووتلے ہِژ۔ ایمانداری چھےٚ یِہنز کینژہ تہٕ پرمتہٕ لیکھِ میٚتک تعصُب چھنہٕ تِہُند لیکھن سٹایل مُرتب کران۔ شاید چھنہٕ تِمو زیادٕ کٲشُر نثر پٔرمُت تہٕ۔ گوڈٕ چھِی کوٗتاہ امیک خزانہٕ تہٕ یہِ کینژھاہ چھُ تِتھ کٲژاہ چھےٚ اوٗردوٗ، ہندی، انگریزی نثرِ چ اڈرن تہٕ کوٗتاہ چھُ سہ شوٗدکٲشرِ پرم پرایہِ ہُند ارتقایہِ چھُ یادتھوٗن۔ کٲشرِ نثرِ چ ربوایتھ چھےٚ اَسہِ قِصو، ڈٕلی تو، گٔنڈتی یوٗنشی نٔز تہٕ اتھ اند رچھِ اَسہِ کتھ باتھ ہِنز روٲنی موٗجوٗد تھوٗنی۔ یہِ روٲنی گژھِ نہٕ سانہِ علمی ہستی مشروٗط گوٚژھنی۔ تیلی پییہِ کٲشُر نثر تھنہٕ تہٕ تیلی لبن باقے نثری صِنفہٕ تہٕ جہار۔

☆☆☆

# کمۄ ہشدی وِستھاپن دورٕکی ناٹک

ڈاکٹر رتن تلاشی

یۄسہٕ سینمارٕ باپتھ اوس مےٚ "کأشرِس وِستھاپن ناٹکس منٛز وِستھاپن دگ" مۄضوٗعس پیٹھ مقالہٕ لیکھنہٕ باپتھ وننہٕ آمُت۔ اما پۄز مےٚ چھُ اَمہِ مۄضوٗع نِشہٕ کینٛژ وجوٗہاتو کِنۍ انحراف کوٗرمُت۔ خاص پأٹھۍ یۄسہٕ سَبہٕ زِ اَمہِ سٟتۍ لگہِ ہےٚ مقالس طوٗل تہٕ نہ چھےٚ مےٚ طوٗیل مقالہٕ لیکھنٕچ سکتھ تہٕ نہٕ توٚہہِ یہِ بوٗزنس تاب۔ اوےٚ چھِ مےٚ یتھ منٛز صرف کأشر زبأنۍ ہٕنٛدِس اہم ناٹکار موتی لال کمۄ ہشدی نِمتہٕ کہِ وِستھاپنہٕ پتہٕ لیکھی مٕتۍ کینٛہہ ناٹک زیرِ غور اَنۍ مٕتۍ۔ دوٚیم پتہٕ زِ یمن منٛز تہِ چھےٚ نہٕ مےٚ صِرف وِستھاپن دگہِ ہنٛز نِشاندِہی کٔرتھ اَتھ للہٕ کھول کوٗرمُت تِکیا زِ میأنۍ کِنۍ چھےٚ نہٕ عصری حالاتَن ہنٛز عکأسی کُنہِ تہِ کامیاب ڈرامُک اہم پھیرٕ ہاو خۄصوٗصیتھ۔ اَکھ کامیاب ڈراما چھُ بہرحال پننہِ دورٕکین مخصوٗص گرۄہی احساسن جذبن یا تہنٛدبن معاشرتی تہٕ سِیأسی حالاتَن تہٕ خوش مذأقی ہندبن روٗجحانن سٟتۍ قربت

تھاوان۔ یوٚ دوے مےٚ عصری حالاتَن ہنٛزِ عکاسی ہنٛز کتھ تہٕ گرءِ چھےٚ اَماپوٚ زباہِ تِھ کینٛہہ پہلوٗ تہٕ چھِم گاشرا وءتو۔

بہرحال کٔموٗ چھُ کأشِر زبأنی ہُند شایدسُہ واحِد ڈرامانِگار یَس الہٕ پلہٕ پٔنٛتم ژتجی ؤری ڈراما لیکھان، شایع کران تہٕ گِندان وأتی۔ وِستھاپن کالس دوران یِم کینٛہہ ناٹک أہنٛدِ ذٔسی تصنیف کرنہٕ آیہٕ تِمن منٛز چھِہ، نگرووداُسی، ڈکھ یِیلہِ ژلن، شاپھ، اکہٕ نُدن تہٕ شاہ پأتھر شأمِل۔ اوٚسلوٗب تہٕ ٹیکہٕ نیکہٕ حسابہٕ چھِ یِم ناٹک مُختلِف رنٛگن ہنٛدی۔ مثلن نی تَو "نگرووداُسی "یُس اَکھ توٗأرتٔخی ناٹک چھُ، اَمہِ قسمکی ناٹک لیکھنٕچ پرمپرا چھےٚ دُنی تھچن دوٚیمن زبانَن منٛز سیٹھاہ قدیم۔ اسکلیٖز سٔندِ "پرُشٕز" "پیٚٹھے شکسپر سٔند ین رچارڑ دوٚیمہِ پیٚٹھِ ہنری ہشتم تامِکی ناٹک تہٕ تمہِ پتہٕ برابر اَزتام چھِ بےٚ شُمار ناٹک توٗأرتٔخی واقن أنٛدی أنٛدی وونہٕ آمتی۔ خود کأشِر زبأنی منٛز تہٕ چھِ شٔیمس سٔتمس ذٔہلس دوران "ژھاے" تہٕ "سُیا" بیٚترِ ناٹکن منٛز یہِ پرمپرا انظرِ گژھان۔ نگرووداُسی ناٹکُک گوڈنیک انگ تہٕ چھُ اَمی دوٗرک، ووٗنی گوٚو امِکی باقی ترٛے انگ وِستھاپن دورس منٛز مُکمل سَپدنہٕ سبہٕ ہسکون یہٕ وِستھاپن ساہیتس منٛزٕ شأمِل کرِتھ۔

شو دِ موضوٗعی اعتبارٕ ہرگاہ وُچھو یہِ ڈرامہ چھُ تھامس کڈٕ سُند (Spanish Tragedy) یا شکسپیر سُند " کنگ لیر " یاد پاوان۔ یہٕ چھُس یٖیمہِ کتھِ نِش باخبر زِ شکسپیر تہٕ کمہٕ ہِندِ ڈرامٲئی فنٕک تقوبُل چھُنہٕ کُنہِ تہٕ پٲٹھۍ مُناسِب اَما پوٚز موضوٗعی ہِشر ہیکہِ اَستھ۔ " کنگ لیر "یُس اَکھ ناکام ناٹک مگر عظیم ترین شاہکار مانہٕ آمُت چھُ اپنِ وِکھر وِکھر تأثیرن تہٕ تشریحن منٛز چھےٚ وِلیم ہنیرلٹ ہِنٛز یہِ وبڑھنے تہٕ شأمِل زِ اَتھ منٛز چھُ تخٔتک مناسِب وأرِث درژارنُک مسلہِ ٹُلنہٕ آمُت۔ ہرگاہ سنجیدگی سان وُچھو نگرِووداُسی ناٹکُک موٗل منترتہٕ چھُ یِی۔ راز انت ہِندِ بن دوکھن، دولابن تہٕ غمن ہُند کارن چھُ یوہے مسلہٕ۔ تسندِ ڈُسی تہٕ چھُ یوہے اثر سپدمُت تہٕ ووٗنی چھُ رازدانہِ دوٗ رزماںکی تہٕ جائکی ستم وترٲوان۔ سُر یہِ مٔتی ہِنٛدس پریم موہکس غوبس تل یتھ رازٕ کلشس تخت حوالہٕ کرنک خمیازٕ چھُ نہٕ صِرف سُہ ٹلان بلکہِ چھُ تس یتی یتی دُرٛس شہر تہٕ پرٛزاووداُسی۔ بقولہِ کمہٕ یٖیلہِ انتظامیس چھلہِ چھانگر گڑھان چھےٚ لُکھ چھِ دولابن منٛز ہینہٕ یِوان، گرِ گرِ راج تہٕ بد انتظٲمی چھِ دوہدِش ہِنٛز رٔوِش بنان۔ موٗل، آدرش، اخلاق، نیٚاے تہٕ ورتاوس منٛز چھےٚ فرق یِوان۔ نگرووداُسی کِس دُنیہس منٛز یہِ کینٛژھا اَسہِ دیدمانہٕ سپدان چھُ تتھ منٛز چھُ یہِ سوٗرے کینٛہہ سپدمُت تکیازِ

دیشُک شاسن چھُنہٕ صحی اتھن مَنٛز لوٚگُمت۔ راج ترنگنی ہُنٛد مواد ورتاونس مَنٛز چھُنہٕ کمو سُنٛد مقصد توٲرٟخُک دوہراو۔ یا اَتھ مخصوٗص دوٗرس مُتلق سانہِ زانکٲری مَنٛز ہُر برٛ کرُن نتہٕ اَمہِ دورٕکی حالاتھ مزید گاشرٲوِتھ کلہن پنٛڈتُن کٕٹھ کڈٕنی۔ بُلکہِ چھُ تَسُنٛد مقصد ورگہٕ پٲٹھی یہِ اِشارٕ دِیُن زِ ہرگاہ نہ توٲرٟخہٕ تلہٕ سبق حاصِل کرنہٕ یِیہِ تیلہِ چھُ یہِ اِنسٲنی سماجہِ بدتری باپتھ دوہراونہٕ یِنُک اندیشہٕ روزان۔ تو ے چھُ سُہ پانہٕ تہِ اعتراف کران:

"وَق چھُ پننہِ تجربُک تہٕ پتھ کالکِبن واقاتَن نِشہِ سبق رٕٹِتھ واریاہ کینٛہہ ہیٛچھِتھ نوٚبن تحریکن زٕنم دِوان"۔ کمو ہَس ہیکہِ نہٕ یہِ سوٚنٛچ خلاہَس مَنٛز ووتِلتھ۔ دراصل چھُ تَس عصرٕی حالاتو یُتھ ہیوٚ اندیشہِ پٲدٕ کوٚرمُت تہٕ عدم تحفظُک یو ہے اِحساس چھُ یمہِ ڈٔرامُک محرِک۔ اَمی سبہٕ چھِ کینٛہہ نقاد ونان زِ یتھ ناٹکس مَنٛز چھےٚ اَکہِ توٲرٟخی واقہٕ کِس پسہِ منظرس مَنٛز عصری عکاسی۔ بقولہِ مجید مضمر، "یَتھ ڈٔرامس مَنٛز چھِ کِردار پننی دورٕچ کتھ کران اَماپوٚز یِہنٛد بو مکالموٗ دٕسی ہیکہِ موجوٗدٕ دورٕچن حقیقژن ہُنٛد اِدراک سپدِتھ"[۲]۔ پرٛوفیسر ہری کرشن کول سُنٛد خیال تہِ چھُ یُتھے ہیوٚ۔ اِنتظامیچ چھلہٕ چھانگرتہٕ افراتفری چھےٚ نہ چھرا اننت دیوٕنس دورس سٟتی وابستہٕ بُلکہِ ہیکہِ یُتھ ہیوٚ صوٗرتِ حال کُنہِ تہِ دورس مَنٛز پیش یِتھ۔ نمتہٕ پتہٕ یوٚ دوَے کاشری

تخلیقکارن پیٚہ دورٹا کارِ پأٹھی دیدمانہٕ وُچھ اَماپوٚز عدم تحفُظ تہٕ پژ زنٛژٕ ہنٛد ی مؤل النٛک احساس اوس تِس اَمہِ بژ وتھہ ہمکال سیأسی تہٕ اقتصأدی حالاتو کنٛہِ أنٛدری أنٛدری گنیومُت۔ سأنِس افسانوی ادبس منٛز خاص پأٹھی ہری کرشن کول سٕندی تا پھ، یتھ رازِ دانے بیٚترِ تہٕ رتن لال شانت سٕند بن، کرفیوٗ ہوٚبن افسانن منٛز چھےٚ مُختلِف صوٗرژن منٛز اَمہِ صوٗرت حالُچ عکأسی سپٕز مژ۔ عدم تحفظُک احساس تہٕ ثقافتی قدرٕ راونٛک ماتم چھُ نمتہٕ بژ وتھہ واریاہ ؤری لیکھمتِس ییٚمہِ ناٹکس گوڈنکس انکس منٛز تہٕ بژ ہمنن ہنٛدِس سمبادس منٛز تابانہٕ۔ سأری سے ناٹکس منٛز چھُ رازِ اننت اکِس تتھِس فردٕ سُنٛد پیکر بژ وتھہ کُن اَنان یَس دعواتہٕ تختیار رأوِتھ ستم ظریفی نال وٕلمُت چھُ۔ نہٕ صرف رازٕ بلکہٕ چھِ تس ستی ہمدردی تھاون وألی باقےٕ کردار تہٕ مُتأثر سپدان۔ یم سأری چھِ مُلہٕ تلہٕ کریکہٕ تہٕ دوکھکہِ اِظہارٕ کہ وٚسیلہٕ یم تمہِ ماحوٗلکی نتیجہ چھِ یتھ منٛز ناٹکار لسان بسان چھُ۔ تتھے پأٹھی چھُ رازِ کلش تہٕ تپسنٛدی حوأری تِمن عنصرن ہنٛز عکأسی کران یم موٗجوٗدٕ بدحألی ہنٛدی موجب چھِ۔ ناٹکس منٛز چھےٚ جلاوطنی ہنٛدس حوٚکمس خاص اہمیتھ تِکیٛازِ اَمہِ سٟتے چھُ رازِ بےبسی تہٕ ژکھِ منٛز آتمہٕ ہتیا کران۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ناٹکار شاید ییٚمہِ کتھہ ہنٛز ژینہٕ وَن دِوان زِ جلاوطنی تہٕ موتھ چھےٚ ہشی کتھاہ۔ یعنی یتھٕ پأٹھی موتھ

وجۂ دتہٕ پۆز زٕنٛدٕ ہُند نہونکار چھُ تِتھے پٲٹھی چھُ نِشکاسن تہٕ۔

بختٕی ییٚتہِ ڈرامہ چھُ نگرووداًسی ییٚمہِ حسابہٕ کامیاب ڈرامازِ ناٹکارن چھےٚ ڈرامٲیی عمل یَس دون وٕریَن پیٹھ معیط چھےٚ تہٕ یتھ منٛز کِردارن تہٕ واقاتَن ہنٛز ژٕلہٕ ژٕلہٕ چھےٚ کٲمیٲبی سان سٹیجس پیٹھ وپرٚ اَوِتھ ہیچمٕژ۔ اَتھ ڈرامہس چھُ ژھاے ڈرامہس ہتی کیٚنٛژن کتھن منٛز ہشر یۆ دوے سُہ سٹیج لوٲزِ ماتھ کُنہِ حدس تام نظر انداز کرنہٕ سیٚہ (Closset drama) ہَس نکھہِ واتان چھُ۔ ییٚمن دوشوٕنی منٛز چھُ عملہِ ہُند آگر رازٕ تہٕ تِہُند فٲصلہٕ تہٕ اَمی فٲصلچ کوتاہی چھےٚ دوشوٕنی ہندِ مرنُک موجُب بنان۔ اَکی سُنٛد انجام چھُ ہتیا تہٕ بییٚہ سُنٛد آتم ہتیا۔ اَکِس منٛز چھُ بڑمُک تہٕ توہمُک قتل تہٕ بییٚس منٛز لاچٲری تہٕ بےبسی ہُند پان مارُن۔ اَماپوٚز دوشوٕنی چھِ کیٚنٛہہ پھیرِ تہٕ پانہٕ وٲنی۔ ییٚمن درمیان چھُ اہم پھیرِ تصوُدُمُک۔ بقولہِ ولیم آرچر چھِ ڈرامہٕ ادبَس منٛز وُٹھی پۆٹھی پٲٹھی ترٛییٚہِ قسمکی تصوُدُم۔ اول انسانس تہٕ بالافطری قوژن باہم دوٚیِم انسانس تہٕ فطرتَس تہٕ ترٛییِم انسانس تہٕ انسانس باہم۔ ژھایہِ منٛز چھِ مُختلِف سوٚتھرٕن ہنٛدی تصوُدُم۔ اَتھ منٛز چھِ کِردار فِطرتس ہتی تہٕ برسرِ پیکار، بۆ پت تہٕ ژندرٕ ہندِس صوٗرتس منٛز پانہٕ وٲنی تہٕ تہٕ ژندرٕ چھُ اَمہِ علاوٕ اَکِس اَندری کشمکش منٛز تہِ گیر۔ اَتھ موٗقابلہٕ چھِ نگرووداًسی ناٹکی

سأری لوٚکٕ بڈی کردار دوٚن دربن منٛز بأ گرِتھ پانہٕ واُنی تصوٗرس منٛز آوٕری یہ زن اکثر جذبأتی طربین ہُند خاصہ چھُ۔ ژھایہِ منٛز یوٚ دوے فوکل کِردار ژندرِ چھُ اماپوٚز للتا دیتہِ چھُ ڈرامأیی عملہ منٛز غار موٗجوٗد اُستھ تہٕ پرٛتھ ساتہٕ موٗجوٗد۔ اَتھ برعکس چھُنہٕ اننت یَس أندی پکھی سأرِی ڈرامأیی عمل چھےٚ اَتھ عملہِ پیٹھ پوٗرٕ پأٹھی حاوی تہٕ بعضے چھُ سُر یہ مٔتی ہُند مرکزی کِردار آسنک تہِ بزوٗنت سَپدان۔ رازٕ کلشہٕ سنٛز شخصیژ ہُند کرٛ ہنیار جنم جات مأنِن تہِ چھُ دِلچسپ یتھہِ سٕتی سطحی طور یہ توٗ ژُرتہِ لگان چھُ زِ ناٹکار چھُ اِنسأنی شخصیتُک چھوٚت کرٛہُن نظر انداز کران۔ ووٚنی گوٚو یہ چھےٚ کھوٚ سنٛزِ ناٹک کلایہٕ ہنٛز مجبوٗری تہِ۔ تِکیازِ کانٛہہ تہِ ڈرامہٕ چھُ تماشہِ بیٚن ورأے نامکمل تہٕ تماشہِ بیٚن چھِ مُختلف ذہنی سوٚتھرٕ کی یِمن منٛز عأمیانہٕ سوٚتھُر غألِب آسان چھُ۔ اَتھ عأمیانہٕ سوٚتھرِس اَمِکی سوٗنچہِ تہٕ معیار حسابہٕ کتھ کرٕنی چھےٚ باضے زیادٕ موزوٗن روزان۔ اَمہِ کتھِ نِش چھُ کھوٚ تہِ باخبر۔ اوے چھِ تٔمی پَنہٕ نِبن ناٹکن منٛز ٹیکنیکی تھی کیٛنٛہہ تجربہٕ کرٕی تہٕ یتھ زن موضوع کِس واتناوِ رِس سٕتی سٕتی وُچھن والین ہندی دِل تہِ رٔنزونہٕ ہٮ۪ن۔ اَمہِ ٹیکنیکہِ ہند ورتاو چھُ شاپھ، اکہٕ نندُن تہٕ شاہ پأتھرس منٛز ٹاکارٕ۔ دراصل سپُد اَمہِ قسمُک تھیٹر 1960ہٕ پیٹھ ژرٕس ہندوستانس منٛز مُروجہ تہٕ اَتھ اُسی ہنٛزی کیٛنٛہہ محرکات۔ یِمن

مَنز اکھ یہِ چھُ زِ 1960ہِس اَندی پٲٹھی ڈیٚوٹ کینٛہہ تھیٹر شخصیژ، اداکار تہٕ ناٹکاررولکھٕ وِرِ تھس مٔشکِن پٲٹھی تہٕ ترٛینس بیٚترِ کُن توجہ۔ بیٚیہ پاسہٕ سپد یمہٕ دوہَن ہِندُستٲنی تھیٹر یوٗرپی ناٹکارن ہِندِ دٔسی مُتاثر یِمَن مَنز برٹولٹ برٛیخت اہم چھُ۔ چناچہِ اَہندی مشہوٗر زمان ناٹک، تھرٛی پینی اوپیرا، کاکیشٔس چاک سرٕکل تہٕ مَدرکریج آیہِ مُختلِف جاین روٗپانتر کٔرِتھ پٲٹھ اوٗنہٕ تہٕ۔ برٛیختی تھیٹرٕ چ پھیرِ ہاوخوٗبی اُس اے۔ افیکٹ، تٔمسند وَنُن اوس زِ لوٗکھ ییٚلہِ ڈرامہ وُچھان چھِ تم چھِ ڈرامٕچ عمل حقیقی زانِتھ اتھ سۭتی جذبٲتی طوروابستہٕ سپدان۔ چناچہِ ترقی پسند سونچک قٲیِل آسنہٕ سبٕب اوس سُہ تھیٹرٕس سمٲجی بیدٲری ہُندٕ ؤسیلہٕ زانان۔ مگر یہِ اوس تیٚلی مُمکن ییٚلہِ تماشہِ بین جذبہٕ بدلہٕ ذیہَن کامہِ لاگِتھ ڈرامٲیی زِندگی ہُند صحی غلط زانِتھ پننِ اندٕ پوٗکھ پرکھاوِہن۔ تٔمسنٕد کِنہ اوس ڈراما محض ڈرامانٕ زِندگی تہٕ وُچھن والین یہِ حِس دِنہٕ باپتھ کُنہ تمی ناٹکٕچہ پیش کٲری ہِندِس طریقس مَنز تم کینٛہہ تجربہٕ یِتھ وُچھن والین جذبٲتی ژھبن لگہٕ ہے۔ اوہُند یہِ طریقہٕ ورتوو مُختلِف ہندوستٲنی ناٹکاروپننہِ مقٲمی روایژ دٔسی۔ یِتھ پٲٹھی آیہِ ڈرامہن ہِنزِ پیش کٲری مَنز اکھ نوٚو ہیچ بارسس یِتھ مَنز روٲیتی تھیٹرٕس تہٕ تھیٹر آف ایڈ یازس مِل مِش سپز۔ یم ناٹکار بڑ وژہہ حقیقت پسندانہٕ تھیٹرٕس تحت کٲم

کران أسی تموہیرٕ جدید حبسا گہی وونی قدیم رِوایژ ہنٛدِ وسیلہٕ پأٹھ راونی۔
یہِ نیٛج بارس انس تہٕ مقبوٗل بناونس منٛز یِمن تھیٹر شخصیژن تہٕ ناٹکارن ہُند
رول چھُ تِمن منٛز چھِ بنگالِکی ٹیگورسنٛدی شعر ڈراما گندن وول شمبوٗ مِترا تہٕ
جاتر اورتاون وول مارکسی ناٹکار اُتپل دت، مہراشٹرس منٛز تماشہِ، دش اوتار
تہٕ لاونیہ نژن ورتاون وول اداکار لکھشمن نارایَن پانڈے۔ لُکہٕ رنٛگچ
سرٛنی زانکاری تھاون وول جیب تنوٟر۔ وِجے ٹنڈولکر تہٕ یکھشٕ گان
ورتاون وول کرناٹکُک گریش کرناڈ بیٚترٕ شأمِل۔ کأشرس منٛز چھُ کموتہٕ تِمن
اہم ناٹکارن منٛز شأمِل یِمو برٛختین تھیٹر تہٕ لُکہٕ تھیٹرس مِل مِش کٔرِتھ ناٹک
ادبس تہٕ تھیٹرس منٛز نٔوی تجربہٕ کٔری۔

برٛختین تھیٹرس چھِ ایپک تھیٹر تہٕ ونان تِکیازِ حقیقت پسندانہٕ
تھیٹرس برعکس چھےٚ اَتھ منٛز واقہٕ عملا ونہٕ بدلہٕ واقہٕ کِس بیانس پیٹھ زور۔
یِتھین ڈرامہن منٛز چھےٚ نہٕ پلاٹس منٛز واقعہن ہنٛدس وجوٗہی رِشتس کانٛہہ تہٕ
اہمیتھ تہٕ اکثر چھِ یِتھی ڈراماہٕ ہن باہن ایکٹن پیٹھ تہٕ مشتمل تہٕ پرٛتھ ایکٹ
چھُ وکھر پأٹھی اکھ مُکمل اکأیی یعنے یہِ ہیکون الگ پأٹھی تہٕ پأٹھ راوِتھ۔
برٛختن ورتوو پننین ناٹکن منٛز تواریٚخی مواد (مثلن مدر کریج) تہٕ لُکہٕ کتھ تہٕ
(مثلن چاک سرکل) تہٕ یِہنٛدِ سے پسہِ منظرس منٛز کٔرن پننہِ معاشرکہِ

وبِھرٛ اِرچ پرٛدٕ کُشائی۔ یوٚ دوے أسی کمو ہنٛدی یِم ناٹک وُچھویمن منٛز تہٕ
چھےٚ تِتھی ہوِ طریقہٕ کارٕچ کارفرمائی۔ أہنٛدس شاہ پأتھر، اَکہ تنٛدُن یا
شاپھ ناٹکس منٛز تہٕ چھِہ تواأریخ تہٕ آرکٹاپین ہنٛدِس تنوظرس منٛز بقولہِ
پرٛوفیسر شانت ہم کال حالاتن ہنٛز تشریح ژھارنہٕ آمٕژ۔ شاپھ، ناٹکُک
غألب موضوع چھُ اکہٕ پلہٕ تی یہِ ژھاے ناٹکس منٛز چھُ۔ تہٕ یوٚ دوے اَتھ
اَمہِ ناٹکُک توضیح تہٕ ونو غلط گرٛھہنہٕ۔ اَمہِ ناٹکُک اہم کردار تہٕ چھُ پننہِ
دیشُک تہٕ پرٛزایہِ ہُنٛد مُفادٕ مُشرِتھ مُہم جوٗیی ہنٛدِس جنوٗنس چھپہِ لگان۔ راز
گونند چھُ لوٗکہٕ نایک کرٛشن تہٕ بلرامس مُشرِتھ عوام دُشمن جراسندس ساتھ
دِنہٕ سبہٕ عبرت ناک انجام پرٛاوان تہٕ رازٕ دوموٗ در چھُ پننس مألی سُند بدلہِ
ہینہٕ کِس جنوٗنس منٛز پیٚن تہٕ پننہٕ نبن لوٗکن ہُنٛد رٕژر نظر انداز کٔرِتھ مارٕ
سَپدان۔ بقولہِ کمو پرٛزایہِ چھےٚ نہٕ رازٕ سُند ذأتی ہوس بامل انٛس منٛز
دِلچسپی۔ یوٚ دوے مجبوٗری سبہٕ ساتھ دِیس تہٕ کمیے کالس۔ اَتھ ناٹکس منٛز تہٕ
یوٚ دوے قدیم کالٕکی قصہٕ ورتاونہٕ آمُت چھُ اَمابوٚز اَتھ چھےٚ عصری دورچہٕ
حقیقژ ستی تہٕ مماثلتھ۔ یتھہٕ پأٹھی رازٕ گونند یادوٚ تہٕ جراسندنہِ باہم رسہٕ کشی
ہنٛز چھپہِ لوٚگ تیتھے صوٗرت حال چھُ موجوٗدٕ دوٗرس منٛز ڈزامانگارسنٛزٕ ماترٕ
بھوٗمی درپیش یَس دون ملکن ہنٛزٕ باہم رسہٕ کشی منٛز ہینہٕ آمٕژ چھےٚ۔ اَمہِ کتھِ

ہُند اِشارٕ چھُ کمو گوڑ کتھِ منٛز پانٕہ تہٕ یہِ ؤنتھ دِوان زِ "ہند پاک اٹیمی تجرُبہٕ پتہٕ لیوٗکھ مےٚ یہِ نوِ انمانہٕ"۔ اَتھ ناٹکس منٛز یُس کرب تہٕ ہمسوسہٕ ناٹکار للہٕ وان چھُ تیٚچ باوتھ چھےٚ تمٕ شرٛی کرٛشنٔس اَتھِ یتھِ پاٹھی کرٛنٲوِمٕژ۔ "پرٛتھوی پیٹھ روزِ ہے منُش سوکھٕ سان تہٕ بیہٕ روٗس زنتہٕ اَکھ کوٹُمب۔ منوش گرِ ہے نہٕ پانہٕ پنٕنہِ وِناشکی سامانٕہ تہٕ یوٚدوَن منٛز گرٛشھِ ہے نہٕ گیرٕ مگر اَتھ کیاہ کرٛوَ زِ گونندنہٕ وقتٕک شاپھ چھُ کشمیرِ منڈلس اَزتہٕ تہٕ اَزتہٕ چھنہٕ سانٮن میرِ کارونن مبتھرٕ شتھرٕ پرٛزناوُن تگان۔ اَمہِ ناٹکہٕ ڈٕسی چھُ کمو یہِ پاغام دِیُن یِژھان زِ یوٚ دوَے کاشرٕ ی گاٹٕلی دوٚیمن ہُندِس ٹُلنٕس نظر انداز کٔرِتھ تِتھےٚ پاٹھی ماجہِ کشیرِ ہُند زٕژرکا نٕچھن تہٕ اتھ لول برن یتھِ پاٹھی شرٛی کرٛشنٕہ ہِندِس وَنس پیٹھ کاشُر بوٚز ہمنورانی یشومتی ہنٛز اِطاعت قبوٗل کٔریہِ شاپھ موکلِہ تلی۔ تلی سَپدِ قرنٕہ پھٔیر۔ یشومتی چھےٚ کشیرِ ہنٛز علامتھ۔ بقولہِ کرٛشن چھےٚ سو ماجہِ کشیرِ ہُند روٗپ۔ یتھِ پاٹھی تسنٛدِس گربس منٛز کشیرِ ہٕندِ تَحفُظ وأرِث درپرٛتھان پوٚھان چھُ تِتھےٚ پاٹھی چھُ کاشرٮن ہُند روشن مستقبل کشیرِ پرٛے برنس منٛزٕ پۆشیدٕ۔

یَتھ ڈرٛامس منٛز چھُ کموہَن ڈرٛامامنٛز ڈرٛاما انداز ورتٲوِتھ مُلٕہ تلہٕ اے۔ افیکٹ ووتلاوِنٕچ کوٚشِش کٔرمٕژ۔ سُہ چھُ سوٗتردار، نٹی تہٕ

وِدۆ شکس اَتھِ وُچھن والیٚن یہِ باور کرناوان زِ تم چھِ محفل اَکھ ڈرٛاما
وُچھان نہٕ زِ حقیقی زِندگی ۔ یوٚہے انداز چھُ "شاہ پاۓ تھرس" منٛز تہٕ ۔ وونۍ
گوو شاپھ تہٕ شاہ پاۓ تھرس دوشوٕنۍ ڈرٛامہن چھُ پانہٕ وأنۍ یہِ پھیر زِ یِتہٕ شاپھ
ناٹکس تواریخِ منٛز مواد ورتاوِتھ ورگہٕ پاۓ ٹھۍ ہم کال دورٕچ وبژھنے سپزٕ مژ
چھےٚ تہِ چھُ شاہ پاۓ تھرس منٛز براہ راست انداز ورتاونہٕ آمُت ۔ ناٹکس منٛز
چھُ لوٚکہٕ فنکارن ہٕنٛدِ ذٔسی ہم عصر دوٗرُک منظر نامہٕ بڑ وٕنہہ کُن اَنتھ بڈشاہی
دوٗرُک سُہ واقہٕ پاۓ تھراونہٕ آمُت یُیمہِ مُطأبق حکیم شرٛی بٹن بڈشاہ نہِ بیمارِ
یلاج کٔرِتھ پننہِ براذٔری باپتھ مذہبی آزأدی ، راحت تہٕ سکوٗن نیامہٕ پرٛژ
حأصِل کوٚر ۔ تہٕ یتھ پاۓ ٹھۍ یِم لوٚکھ کٔشیرِ ترأوِتھ ژٔلمتی أسی تم آیہ پیٚیہ اَکِ لٹہِ
یِزتہٕ سان واپس اناونہٕ ۔ پاۓ تھر کٔبن اداکارن ہٕنٛز مکالمہٕ آرأیی ذٔسی باونہٕ
آمٕتی حالات چھےٚ وٕنۍ حقیقتھ اَماپوٚز یِمن کِردارن ہٕنٛدِ وٕسیلہٕ چھُ مُلہٕ تلہٕ
ناٹکارن پننہٕ نبن محسوٗساتن زبو دِژمژ ۔ سُہ چھُ جذبأتی طور تِمن ستی ستی ۔
موجوٗدٕ حالاتن ہُند کرٕ کھٔر مُشراونہٕ باپتھ یا اَمہِ مایوٗس ماحولہٕ منٛز فرار
پرٛاونہٕ باپتھ یُس پاۓ تھر یِم کِنٛدان چھِ سُہ چھُ مُلہٕ تلہٕ سُہ سوپُن یُس ناٹکار
ہٕنٛدِس لاشعوٗرس منٛز پیران چھُ تہٕ اَتھ سوپٔنس ساکارسپدنہٕ باپتھ کرٕ یشان
چھُ ۔ یہِ ناٹک چھُ کمبوٗسنزٕ وومید پرستی ہُند عکاس ۔ زِ یِگاہ تہٕ کأنٛلی ووتھِ کانٛہہ

سری بٹ ہیوٚ بُدِ مان تہٕ وِدوان نفریُس وَقتہٕ کِبن ارباب اقتدارن اقلیتی فرقہٕ ورأے کٲشرِ ہٕنٛزِ نامُکملی ہُنٛد ایحساس ووتلاوِ۔ نگرووداٗسی ناٹکس منٛز یێتہٕ بدتری باپتھ توٲریخ دوہراونہٕ نیک خوف چھُ۔ یتھ ناٹکس منٛز چھُ اَتھ برعکس رِژرِ باپتھ اَمہِ کہِ دوہراونہٕ تیٚچ منہِ کامن۔ اَتھ منٛز چھُ موٗجوٗدِ حالاتَن ہُنٛد واوہلا تہِ گرٕراونُک غم تہِ تہٕ پرٛاونُک ہمسوسہٕ تہِ۔ اَمہِ کِس گوڈنِکِس حِصس منٛز چھُ مُلہٕ تلہٕ اَکھ فِضا تیار کرنہٕ آمُت یێمہٕ ستی ناٹکار پتھ کالس زوٗل دِتھ پیش کال وُچھان چھُ۔ بُنِٛیادی یێتہٕ ناٹکار چھُ کمہِ ہَس أندی پکھس ستی سروٗن واتھ۔ گوپالی تہٕ مسحُر سنٛزِ زیوٚ چھُ سہٕ پٔتس یتھ عقیدس باوَتھ کران زِیاٗتھر گوسہٕ گنٛدرن یُس پننہٕ وچھ عکاٗسی کرِیُس وتھ ہاوِتہٕ منٛزِل بدِ کڈِ۔ یعنی بقولِ ڈرٛایڈن (Instruction through delight) تہٕ یتھ ناٹکس منٛز چھِ یہے اصلاح زِفرقہٕ واٗریتھ تر اُوِتھ رودٲری پاناونس منٛزٕ ے چھِنے بجاۓلی تہٕ پاٗپرجاۓلی پنہا۔ یہِ کتھ لوٗکہٕ فنکارن ہنٛدِ ذٔسی وُچھن والین تام واتناوِنی چھِنے یێمہٕ حسابہٕ تہٕ مُناسب تکنیاز لوٗکہٕ فنکار یتھ پاٗٹھی آغازس منٛز تمبکھ نارِ ٹھَسَس پٹھ کھڈارس منٛز اژان چھُ وُچھن واٗلی چھِ یکدم پننہٕ پننہٕ دُنیاہ منٛزنبر نیرِتھ ناٹکہٕ کِس دُنیاہَس منٛز واٲرِدسپدنس آمادٕ سپدان۔ تم چھِ پننہٕ سنجیدگی یک طرف تراٗوِتھ پاٗٹھر کہِ ہزلُک تہٕ مزٕحک حض تہِ ٹلان تہٕ

ناٹکار ہُند بَن خیالن تہٕ داد دِوان۔ لۆکہٕ فنکار باوٕ ژوٗسیلہٕ بناوُن چھُ یِمہٕ لحاظہٕ تہٕ برمحل زِ سہ چھُ عام زِندگی تہٕ خاصکر دیہاتی زِندگی ستی نٔزدیکی سان وابستگی تھاوان۔ عام لۆکن ہُند دوکھ تہٕ دودھ ہیکہٕ سُے جان پأٹھی ژینتھ تہٕ ژرژتھ۔ لۆکہٕ فنکارن ہُند ورتاو چھُ ڈکھ ییلہٕ ژلن ناٹکس منز تہٕ۔ یہٕ ناٹک چھُ نہٕ صرف کٔشیرِ ہنزِ موٗجودٕ پُرآشوب دورُک اَنہٕ بلکہٕ اَتھ خلاف بلُند بانگ اَحتجاج تہٕ۔ یہٕ ناٹک چھُ یہٕ کتھ بۄوٗنہہ کُن انان زِ مُژکری تہٕ دہٕشت ییلہٕ کُنہٕ قومچہٕ تہذیبی تہٕ ثقافتہٕ منزٕ رِسوٗسُر ژانان چھِ دأنشور تہٕ فنکارن ہُند ہٕڈ گنڈ چھُ امیک لأزمی نتیجہٕ۔ تِکیازِ بقولہٕ کَہنُوقوم چھُ اسان، سہٕ چھُ سوٗنچان، یُس قوم سوٗنچان چھُ سہٕ چھُ دأنشور پأدِ کران۔ یُس قوم دأنشور پأدٕ کران چھُ سہٕ چھُ ترقی لبان۔ اَماپوٚز ترقی تہٕ دہٕشت چھِ زٕ مُتضاد چیز اَمِہ سبہٕ چھُ یتھ ماحوٗل جأری تھاونہٕ باپتھ ترقی ہندی اِمکان ختم کرنہٕ یوان۔ ڈکھ ییلہٕ ژلن ناٹکس منز چھُ کٔشیرِ ہُند یوہے منظر۔ اَتھ ناٹکس منز چھُ زٕ متوأزی صوٗرتِ حال بۄوٗنہہ کُن اَنہٕ آمتۍ۔ اول تمثیلی اَکہٕ نندنہٕ سنز قوربأنی تہٕ دوٚیم ماگُن ہندس نیچوِ سُند بَن قتل۔ اَکھ چھُ مماتس پیٹھ حیاتچ فتح تہٕ بیاکھ حیاتس پیٹھ مماتچ۔ اَماپوٚز گوڈنیک چھُ محض بزم یا پأتھر۔ جوگی ہیکہٕ اَکہٕ نندنس زِندٕ کٔرِتھ مگر جوگی سُند رول کرن وول ماگُن ہیکہٕ نہٕ

پتھ فنہٕ کٕس وارِث در پنہٕ نٕس نٕچوس زِنٛدٕ کرِتھ۔ یہِ چھُ اکھ تلخ پزر۔ یہِ ڈرامائی بزم چھُ تتھےپاٹھی یتھ پاٹھی سیاسی بازی گر وقتہٕ وقتہٕ لوکن نوی شالکی تارکھ ہاوِتھ وتہٕ ڈالان چھِ۔ یوہے صورت حال چھُ کشیرِ باگہِ آمُت۔

کٕھوٗ سُنٛد بیاکھ ناٹک چھُ اکہِ ننٛدُن۔ یتھ مَنٛز اوپیراتہٕ لکہٕ پاٹھی اُڈرن چھے۔ یہِ چھُ دراصل تمثیلی ڈرامایُس مَنٛز کالکین انگریزی ناٹکن (Morality Plays) یاد پاوان چھُ۔ ناٹکچ خصوصیتھ چھے یہِ زِ اتھ مَنٛز چھُ یاگی نفسانی خاہشاتھ منہٕ چہ حوٗ کمرانی تحت کرِ رٹنک درس زِنٛدٕ زوٗ کِرداران ہنٛدِ ذٔسی باوِنہٕ آمُت۔

بہرحال کٕھوٗ ہَن کری بڑ وٕنٛتھ پتھے تھیٹر سازی تہٕ ڈرامانگاری ہنٛزِ وتہٕ مَنٛز کینٛہہ موٗلٕلی تجربہٕ۔ اَماپوٗز اتھ وتہٕ مَنٛزتہٕ ہیکن اَسہِ کینٛہہ ٹھری نظرِ گژھتھ۔ اول یہِ زِ لکہٕ پاٹھرک طریقہٕ کارورتاونس مَنٛز یوٗ دوے ظرافت ووتلاونکی موقہٕ وافرِ چھِ اَماپوٗز یہِ ظرافت چھے زیادٕ پٔہن مضحکہٕ خیز حرکژن تہٕ لفظن ہنٛز ظرافت یَس عامیانہٕ ستحٔ تھرِچ مانتھ ہیکو۔ ہرگاہ اتھ لفظہٕ ورتاوس مَنٛز ڈرامائی آیرنی ووتلاونک بُتر آسہِ ہے شاید بنہٕ ہے یہِ پُراثر۔ دوٗیِم یہِ زِ ڈرامہس مَنٛز چھُ تھیٹری عُنصرن تہٕ ڈراماکین ادبی یا تخلیقی

عنصُر ن ہُند توُ زن ضوٚ رۄ ری ہرگاہ دوٚ یوٚ منٛز کُنہِ اَکِس کُن زیادٕ پہن توجہِ دِنہٕ یِیہِ کلُہم ڈراما فن ہیکہِ مُتأثِر سپد تھ تہٕ جدت پسندی یا تجربأتی تہٕ ایہِ منٛز چھُ امیک احتمال اکثر روزان۔ ترٛییم ٹھوٚ رچھُ یہِ زِلکھٕ پأٹھۍ چھُ بہر حال سانہِ ربو آیتی دیہأتی زِندگی سٟتۍ وابستہٕ تہٕ أزۍ چہِ شہری زِندگی ہنٛز باوتھ اَمہِ ؤسیلہٕ کرنس منٛز ہیکہٕ وۄ پرأزی ہُند باس لگِتھ۔ ووٚنی گوٚ ییم چھِ ٹھُری یم کأنٛسہِ نقادس برعکس خود کھوتہٕ باقے ناٹکار دۄرگرِتھ ہکن تِکیازِ کأشُر ناٹکہٕ کِس یتھ عبوٚری دورس منٛز چھِ تہنٛدی تجرُبہٕ جأری۔

بہر حال کُنہِ تہٕ تہنٛد ہیکہِ تمی دوٚرک تھیٹر یا ناٹک آسہِ ترقی یافتہٕ یُس دور تمہِ تہنٛد ہیکہِ استحامُک استقلالُک دور آسہِ۔ یہِ کیاہ کم چھُ کھوٚ ہَن تھووتھ دورس منٛز کأشُر تھیٹر تہٕ ناٹکاری زِندٕ یتھ دورس منٛز سانہِ تہنٛد ہیکی ڈکھ نیرتھ ژٕلی متی چھِ۔



# کأشُر افسانہٕ جلایہِ وطنی منٛز

مکھن لال کنوؔل

کأشُر افسانہٕ چھُ وُنہِ صرِف ژُ وٕنژاہ وُہرٕ ےییٚلہِ زَن سومناتھ زُتشی سُند گوڈنیک لیوٗکھمُت افسانہٕ "ییٚلہِ پھوٚل گاش" کونگ پوش رِسالہٕ کِس فروری شُمارٕ 50ءٕ ہس منٛز چھاپ سَپدِتھ منظرعامَس پیٹھ آو۔ زبأنی ہِندِس مأدانس منٛز گُنہِ تہِ اَدبی لنگ لٔنجہِ ہِندٕ ہراوٕ باپتھ چھِ یِم وٕری فقط اَکھ اُچھ وُزبییہِ تہٕ رکھنٛی۔ مگر تہِ گٔرِتھ تہِ یُس بٔرژر کأشُر افسانہٕ ادبس یِمن وٕرِیَن منٛز سَپدِ سہٕ چھُ پٔزی پأٹھی قأبلِ توجُہ تہِ تہٕ قأبلِ فخر تہِ۔ مگر یِہ چھےٚ حقیقت زِ پٔرتھ گُنہِ زبأنی منٛز چھِ وٕسی پایہِ تخلیقن ستۍ ستۍ بہلہ پایہِ فن پارٕ تہِ زایِن لبان۔ تمہِ کِنۍ چھنہٕ فقط فن پارے یوت گُنہِ زبأنی ہِندِس ادبی سرمایس منٛز جاے پٔراوان بٔلکہِ چھُ تمیک خٲلق تہِ ہمیشہِ باپتھ ادبی توأرٟخس منٛز اَکھ معتبر تہٕ مُستند ناو بنان۔

1990ء ہس تامتھ یِمو افسانہٕ نِگاروکٲشِرِس افسانس نٔچھِ ناونٛچ تہٕ پٔژ زنتھ بخشیٚنۍ ووتھ ژھانٹھ کٔرِتھ افسانہٕ زِنٛدگی نزدیک واتنووتھ منٛز چھِ مرحوم اختر محی الدین، علی محمد لون، ہری کرشن کول، امین کامل، رتن لال شانت، ہردے کول بھارتی، بنسی نِردوش، ارجن دیو مجبور، اوتار کرشن رہبر، فاروق مسعودی، امر مالموہی تہٕ بشیر اختر ناوہٕ ہیٚنۍ لایق۔ أتھۍ دورس منٛز آیہٕ اختر محی الدین سنٛز "ستِ سنگر" ہری کرشن کول سنٛز "پتہٕ لاران پربت" تہٕ "حالس چھُ روتُل" تہٕ رتن لال شانت سنٛز "أچھر والن پیٹھ کوہ" چھاپ کرنہٕ۔

عام طور رُو دی افسانہٕ سون ادب، شیراز، تٲمیر، نیب، سمن بل تہٕ پرتو بیترِ رِلسان تہٕ ادبی انجمن ہٕنٛد بن کِتابی سِلسِلس منٛز شایع سپدان۔ شیراز کی آیہٕ زِ خصوصی افسانہٕ نمبر تہٕ چھاپ کرنہٕ تہٕ وونۍ چھِ اَز کل ناگراد، ستی سر، آلو، ہرموکھ بیترِ تہٕ افسانہٕ چھاپان۔

اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تقریباً شیٛٹھ ؤری پتہٕ آیہٕ کُلہم نظم تہٕ نثرس منٛز تبدیلی۔ دراصل پیو کینٛژھا اثر اُردو ادبُک تہٕ اَتھ پیٹھ ژَمن بدلوٗنبن نٔچن ہنٛدیم شروٗع آسہٕ گٲمژ۔ مگر شیٛتہٕ پیٹھ گو اتھ منٛز مغربی طرزِ فن تہٕ اِظہارُک اثرتہِ دأخل تہٕ سہٕ پانہٕ نووہراول دستہٕ کیو لِکھاریو تہٕ یمن پتہٕ جوان سال

پیہ تہٕ۔ یتھۍ پأٹھۍ پیو افسانوی ادبک جدید دور تھنہٕ تہٕ اختر محی الدین، ہری کرشن کول، رتن لال شانت، فاروق مسعودی، اوتار کرشن رہبر، امر مالموہی تہٕ بشیر اخترن لیکھی کینٛہہ بہلہ پایہٕ افسانہٕ تکیازِ یہند بن افسانن منٛز آیہ نوجہتہٕ لبنہٕ یمہٕ وجہ کنۍ کأشر افسانہٕ تہٕ تھٔکنٛن لایق بنیو۔

اَرشیتہٕ پتہٕ گیہِ کشیرِ ہنٛدس سیأسی ماحولس منٛز تیزی سان ناخوشگوار تبدیلی شروع یمۍ عسکری تنظیمن زنم دیُت۔ نیتیجہٕ دژاو کہٕ کشیرِ ہنٛدِس واوس، یُس تیرٕ ذی متھن جاناوارن پکھ اوس اَنان رلوو کھشورٕ ستۍ یمۍ کشیرِ ہنٛدِس سأری ہے ماحولس تہٕ وأتسن ہنٛدِس رٕژہر متس سرمایس اُدرٕ کھل گر۔ پیر در پیر للہٕ نأوہٕ مٔ روادأری، تخلاص تہٕ بأے برأدری گیہِ تشدُد کہٕ بۆزی۔ زُونس ژایہِ لارتہٕ بےٚ گونہن آو گولوٕ ستۍ پرٛیُن کرنہٕ۔ موصوٗم گُلبدن آے آروَ ستۍ چرأے گرِتھ وَتن چھکراونہٕ۔ اِقدارن ٹھأسِکھ ہنٛگ تہٕ ربواتین نہنأو کھنس۔ یمن وَتن تہٕ کوچہِ گلبن پیٹھ گُلریزأس یوان گبونہٕ تمن وتن تہٕ کوچہ گلبن پیٹھ لگی علاحدگی پسندی تہٕ نفرتکی نارٕ یمو کٔعن زَرپوو۔ یمن ہنٛدی گزبن پھٔری سۆکونس تہٕ کلاشنکوفن کۆراکہٕ نوِ نظامک ایلان۔ یمۍ ستہٕ وہرِ پیٹھ ہتہٕ وہرس تام سأری نی پأنس ستۍ ڈٕہتھ۔ کُنہٕ تہٕ آونہٕ کانہہ اَتھ۔ زأنی کار گۓ اند ہتھ غأب۔ مُخبِرن ہنٛز

موہر آیہٕ ڈکھن تۄ اونہٕ تہٕ وَتو پیٹھی آیہٕ کٹن کوکرن ہنٛدی پأٹھی نیٚشہٕ بٕدی
مارنہٕ تہٕ سانہٕ باپتھ سَپُد جلاوطنی ہُند فرمان جأری۔ لچھہ بدبن ستی پیو وامہٕ
جلاوطنی ہُند زہر ہلال کأشرین بٹہٕ ادیبن تہٕ شأعرن، دأنشورن تہٕ
قلمکارن تہٕ چیٚون۔ چھیہن تکیا زِنہٕ؟ ووٚنی اَسی نہٕ یم کأشر تہذیب تہٕ تمدنکی
وأرِث در، بٕلکہٕ اَسی کأفر۔ یہٕ سأرے اَدٕر کھل، لوٗٹ مار، زور زبردستی تہٕ
قتل وغارت وُچھتھ پیو سارِنے ژُولرٕ کنی سوٗرے کینٛہہ ترٛاوِتھ ژھربواتھو
پأنٛژ الہٕ یپور ترٛتھ سیکہٕ شاٹھن، پلن تہٕ آورٕ ژبن منٛز خیمہٕ دِتھ تِمن منٛز دبن
گُذأری کرٕنی تکیا زِ اخبار و پوسٹروتہٕ چھٹوژٕری یہٕ اوسی حکم میوٗلمت۔
خیمن منٛز تہٕ دیٚت نہٕ سور پھوتہٕ بچو سیٚودپأٹھی دوہ کڈنہٕ۔ رأژ
وزایہٕ اَچھو کنی پھُٹی پھُٹی تہٕ واوٕ طوٗفان تہٕ اوس منٛزی منٛزی صبرس کلی
ٹھاسان۔ یوٗتے یوت سَپُد نہٕ بٕلکہٕ آو یپور ترٛتھ جلاوطن سَپُد مُت تِہِہے
پأٹھی سأری سے مُلکس چھکراونہٕ یتھ پأٹھی مکایہٕ موٗٹھ تہٕ پتھ ژُواپاسے
چھکراونہٕ چھے یِوان۔ اَتھ طوٗفانس منٛز آوپرٛتھ کانٛہہ ہینہٕ تہٕ قلم کار، اَدیب
تہٕ دانشور کتہِ روزِ ہے مُچھہ۔ چونکہٕ اَکھ لِکھأری چھُ حساس آسان تمہٕ کنی کور
اَمی اَمہٕ صورت حالُک پورٕ پأٹھی اَثر قبوٗل۔ گوڑٕ تو گنہٕ وارہ کالس
افسانہٕ نِگارن، کہو شأعرن تہٕ اَدیبن یہٕ سمجھنے زِ یہٕ کیاہ سَپُد تہٕ کمن واوٕ لِنین

مَنٛز آے ہینہٕ ۔ مگر وارِ وارِ تھمبوٗ کھراوٗن تیٛول یُس وونی وأنٛج چھُکھ آسان کوٗران ۔ ﺫٕچھنٕی کھوہوری تہٕ اوکھ نظرِ تہٕ نوٚسرِ تلٕکھ قلم ۔ وونٛدٕ کیٛن چھوکن تہٕ دادبن ہیٛرٕ کھ زبو بخشٕنی مگر اتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ دِلہِ مَنٛز چھپن وألی ماہنامہٕ کأشُر سماچار تہٕ جوٚمس مَنٛز چھاپ سپدن وول کھیر بھوانی ٹأیمز روٗدی سارِنی أدیبن آیتن تہٕ وارِ وارِ ہیٛو تکھ نوٚن نیرٕ ن ۔

یہِ پسِ منظر پیوٚمے اِمو کھ قلمبند کرُن تاکہِ یہِ کتھ گژھہ صاف زِ جلاوطنی ہُند زہرِ ہلال چینٕہٕ والین افسانہٕ نِگارن کمن مُشکلاتن تہٕ نارٕ تیٛو نگلن میٛٹھی دِتھ پیے افسانہٕ تخلیق کرٕنی ۔ اَتھ ستی چھُ یہِ تہٕ پزٕ رِ زِ یمو افسانہٕ نِگارو کٔشیرِ پٔنٕنی پزٕ زنتھ بنأوِمژ تہٕ مانہٕ نأوِمژ آس تم تہٕ ہیٛژ أن گُمنامی ہِنٛدِس اَنہِ گٹِس مَنٛز راوٕنی ۔ مگر پٔنٕنی وونٛدٕ باوتھ کتہِ دِیہ ہے افسانہٕ نِگارس کژِ بھینہٕ لہٰذا اہنا دم سمجھنالبنہٕ پتہٕ دژ اے نوٚسرِ اَنہِ گٹہِ مَنٛزٕ وارِ وارِ نٔنی یمو مَنٛزٕ ہری کرٛشن کول، رتن لال شانت اوتار کرٛشن رہبر، امر مالموہی، ہردے کول بھارتی، بنسی نردوش، ارجن دیو مجبور تہٕ رتن لال جوہر قأبِلِ ذِکر چھِ ۔ یوٗتے یوٗت نہ بلکہِ اومکار کول، اوتار کرٛشن رازدان، روٗپ کرٛشن بٹ، مکھن لال پنڈتا، ویریندر پٹواری، موہن گُلابی، وِجے مام، اشوٗک کاک، وِجے ساگر تہٕ اوتار ہوٗگامی ہوی افسانہٕ نِگار تہٕ آے ؤنِس تل ۔

یَتھ جلاوطنی منز آیہٕ اَفسانن ہنز کیٚنہہ کِتابہٕ تہٕ چھاپنہٕ یمہٕ مواد رٕنگہٕ تہٕ فنی لحاظہٕ جان کِتابہٕ چھےٚ۔ یہٕ کتھ پیٚیہٕ مانٕنۍ زِ اُکس اَفسانہٕ نِگارسُند پرٛتھ کانٛہہ اَفسانہٕ یا تخلیق ہیٚکہِ نہ تھدِ پایَس یوت اُستھ ہُلکہِ کانٛہہ آسہٕ وۍسی پایک تہٕ مگر تمیٚک مطلب گوٚ نہٕ زِ تتھ کیا چھنہٕ اہمیت تِکیازِ قارٕی سٕنز پسند پدگی چھےٚ مانہٕ تھاوان۔ یَتھ جلاوطنی منز یمہٕ کِتابہٕ آیہٕ تمن منز چھےٚ اوتار کرشن رازدان سٕنز افسانہٕ سومبرن "ایل۔ بی۔ ڈبلیو"، مکھن لال پنڈتا سٕنز افسانہٕ سومبرن "قرنہٕ پھٕیر[1]"، ڈاکٹر روٗپ کرشن بھٹ سٕنز "ہرٕ واو"، ہری کرشن کول سٕنز افسانہٕ سومبرن "یَتھ راز دانے[2]"۔ مگر اتھ منز چھِ تمے افسانہٕ شامِل یم نمتہٕ بروٗنہہ لیکھنہٕ چھِ آمٕتۍ۔ کِلہٕ ٹوٗری افسانہٕ سومبرن چھےٚ ڈاکٹر اومکار کولن ترتیب دِژمٕژ یہٕ چھےٚ سینٹرل انسٹی چیوٹ آف اِنڈین لنگویجز، میسور کہِ طرفہٕ کاشُر ہیچھن والین ہنٛدِ خاطرٕ چھاپ کرناونہٕ آمٕژ۔ اَتھ منز چھِ نَون جلاوطن افسانہٕ نِگارن ہنٛدۍ فن پارٕ۔ حال حالے آیہٕ رتن لال شانت سٕنز سرتازٕ افسانہٕ سومبرن "تژ کونجل[3]" اِجرا

---

1. حال حالے سپز پنڈتا صأبنۍ بیا کھ افسانہٕ سومبرن "گرداب" رِلیز۔
2. کول سأبنۍ چھےٚ بیا کھ افسانہٕ سومبرن "زوٗل اپأرِم" تہٕ شایع سپزمٕژ۔
3. شانت صأبنۍ آیہٕ بیا کھ افسانہٕ سومبرن "رأدۍ منٛز معنے" چھاپ گژھتھ۔

کرنہٕ تہٕ افسانن ہٕندس فنس مُتلق بیٚاکھ کِتاب "کأشُر افسانہٕ - ازتہٕ پگاہ" تِہ چھےٚ منظرِ عامس پیٹھ آمٕژ۔ ممکُن چھُ بیٚیہٕ تِہ ما آسنہ کانٛہہ افسانہٕ سومبرن چھپیمٕژ مگر مےٚ ہیوٚت تمہٕ نٕے ہُنٛد ناویمہٕ مےٚ وُچھمٕژ چھےٚ۔

جلاوطن سپدٕ یمتین أدیبن تہٕ شأیرن، قلمکارن تہٕ دانٛشورن توگ نہٕ گوڈٕ بوزنٕے زِ کیٛاہ گروتہٕ کیٛاہ لیکھو تِکیٛازِ دِلس تہٕ دِماغس اوس خوف تہٕ دہشت نال وٚلتھ۔ اَمہِ وجہٕ کِنی ہیوٚک نہٕ قلمکار وٚپُن ووٚنُد سیٚدِ سیٚودبأوِتھ لہٰذا ہیوٚتکھ اشارن تہٕ علامژن ہٕندِ ذٔریعہِ وگ چأرِتھ پننِس سوٚنچس تہٕ خیالن واش کڈُن۔ یِم افسانہٕ تھنہٕ پییےٚ تِمن منٛز چھُ بےٚ گرِ گوژھنُک عذاب، پرٛزنتھ راونُک دوکھ، کِرایہ کمرن منٛز دم شُماری کرنُک پھژٕ دم، کالہٕ پگاہ کِرایِہ کمرِ ژھانڈنُک دود، ٹینٹن منٛز زِندٕ روزنٕچ جدوجہد، یادِ ووٚترِ کڈ ہٕ کرِ دب، کُنِس کمرس منٛز دہَن بأژن ہٕنٛز ترومبر، مُسلسل بےٚ کأری تہٕ وق بارِ پئنُک ہِمسوس، بےٚ رحم ماحول تہٕ اوند پوٚک، نفرت تہٕ حقارت، ڈِزلہٕ دِہہ تہٕ گردِ پٕشنگ، چھلہٕ وٚدرتہٕ دوٚر بر تہٕ أتھ ستیٚ پنُن تہذیب وتمدُن راونُک غم بیتر۔ یانے کأشرس لِکھأرِس گوتھ سأری سےٚ ژکہِ پھٔیر تہٕ آوہنہٕ ہیٚرکنہِ بیان گرٕ یمتین دولابن منٛز تِتھے کُنی پتھ کُنی گرٕ کہِ وُنہِ کرایہِ منٛز گرُن۔ لہٰذا افسانن منٛزتہٕ چھےٚ کُنہٕ نتہٕ کُنہِ رنٛگہٕ

یہنز بھرپور رژ ھاے نظرِ گژھان۔

پننی پرٕزنتھ یا پہچان راوٕنچ ڈگ چھےٚ اوتار کرشن رہبرس حد رۄس تیلان تہٕ خدشن چھُ یتھ کنی پنہٕ نِس لیکھی متِس "جمع، تفریق تہٕ تقسیم" افسانس منز وتھٕ ژھ ناوان۔

"...... یہ گوسہلاب مےٚ چھُ باسان سأنی پہچانہِ گژھ اکہِ دوہہ ختم۔ پہچان کوسہٕ پہچان؟ ...... کشیرِ ہنزٕ کنہٕ کھارٕ دورٕ ہنز؟ ...... ہانگلو کرِ یو شُپہٕ ستی واو" رازدان صأب آو پنہٕ نین جامن منز ......"تیلہِ آسہٕ ہکھ تہٕ موچھِ زٕ ؤتھ ژلنس پیٹھ مجبوٗرے سپُد مُت" سُہ گرموتس کھوٚت بُتھس وۄز جار تہٕ گوو وَنان۔

"اَسہِ پزِ ووٚنی سمندرس منز یتھ امہِ چبن لٕہرن تہٕ گژ این اَتھ دارٕن۔ امہِ کِس بہاوس منز پنُن پان جذب کرُن۔ سأنی سلامتی چھےٚ اَتھ منز"۔ "سلامتی تہٕ گیہِ پوٚز مگر یوٗتےٚ یوت چھُنہٕ اہم"۔ مےٚ ووٚنُس "پتھ کیاہ" سُہ ووٚتھ بڈٕ ہٹہٕ۔

"رازدان صأبا ہنا سوچ" مےٚ ووٚنُس سٹھاہے حلیمی سان۔ "ہنا کر خیال زِ پنژاہہ ؤہری پتہٕ کیاہ آسہٕ سأنی دشاہ؟"

"دشا کیاہ آسہِ؟ قطرِ میلہِ سمندرس ستی۔ جُزٕ شرپہِ کُلس ...... بیہِ

کتیاہ سپد؟"

"ژٕ ےؔ کۄ رُتھ دون جملن منٛز سورُے ختم"۔ مےٚ وۄنُس "بڑ آسٲنی سان ہیتھ قطرِ چ اہمیتھے ختم گرِتھ"۔ ہِنٛزِ پزٕ زنتھ ختم گژھنی چھُ بۄڈ بارِ المیہ تہٕ یہِ خدشہٕ چھُ سارنٕے ہُنٛد مشترکہٕ دود۔

ہری کرشن کول چھُ "زوٗل اپارِم" افسانس منٛز تنہایی تہٕ دۄ رِ رُک کرٕب پیاری تہٕ ناتھ جی نہٕ زِنٛدگی وبرٕ ہ ناوِتھ سودگ اَسہِ تام واتناوان یوسہٕ جلاۓ وطنی ہِنٛز باگہِ آمژ چھےٚ۔ کتہٕ کتیاہ چھِ کمر گنٛڈِتھ ہِنٛزٕ زِٹھی ترأوِتھ دۄ ربن گژھن گژھتھ زِنٛدگی گذاران۔ تہٕ زِچھِ پیہٕ چھُ ژھببہٕ گژھنگ دودللہٕ ناوٗن پیوان۔ لہذا اچھُ ناتھ جیس فوجی چھاونی ہُنٛد زوٗل وُچھتھ سہٕ زوٗل تصورس منٛز وو پدان یُس کینٛڈ اہَس منٛز بٹس آسہِ درینٛٹھ یِوان۔ مگر ناتھ جیَس تہٕ پیاری چھِ ژھببہٕ گونٛچ ریٚہہ ووٗندس للہٕ وُنی۔

"ژھبن" چھُ رتن لال شانت سُنٛد اَکھ اہم افسانہٕ یُس ٹینٹس منٛز روزن والِس روشن لالس ستی تولق چھُ تھاوان۔ یَس اَتہِ ماج چھےٚ مران۔ چُونکہِ ٹینٹ چھِ سیکہٕ شاٹھن تہٕ نالن منٛز لاگنہٕ آمتی تہٕ یمن ٹینٹن منٛز کوسہٕ اُدرِ کھل چھےٚ لوٗکن سِرز ہوتمہٕ نشہِ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ بے خبر۔ مگر شانت چھُ افسانس منٛز یتھٕ پاٹھی اَتھ زبو دِوان:

"فُٹ بال ہش پیٚنہٕ أکِس رَزِ پٮ۪ٹھ تہٕ ژٕژٹ کھتھ گیہٕ ڈُلہٕ۔ چھمب اوس بون نالس تانی پیٚتہٕ پانہٕ بدلہٕ صرف تٔتی پل أسی ساسہٕ ہُدی ڈُلہٕ آرٕ پل...... دوشوے آیہٕ وُرکاونہٕ بون۔ قدرتن بچاؤی نتہٕ گژھہِ ہے آرس تہٕ ووزُل رنگ"۔

یادٕ ووٚتُر چھنہٕ اِنسانس تھٕچھ ٹلان۔ یہٕ چھُ أندری کۆران تہٕ پتہٕ چھس کُنہِ کلہٕ کڈان نفسیات مدِ نظر تھاوِتھ چھُ ترُکُھنٛجل افسانہٕ سومبرنہٕ مُتٕ رتن لال شانت "زۆنہٕ ڈب" افسانس مُنٛزٕ یتھٕ کٕنی پھیٚر دِوان:

"أسکھ نہٕ زن اَز کُنٛدی کرِتھ...... پتہٕ؟ رنگارنگی چھِ یم انگریٚزی سۆکول صرِف یک رنگی بڑاوان......ہُنہٕ......یۆ......نی......فا......رم"

لڑکن ووٚنُس نرمی سان "وُنہِ مہارا بچیہٕ سوادَے سَتھ۔ ساڑِ ستہِ بجہِ کڈٕ بہٕ کُنٛدی تہٕ ریڈیوٹرٛاوو" پٔنڈتن ہیوٚ وس خبر کیاہ وَنُن زِ پتھے کھۆژس زنانہٕ بونہٕ پٮ۪ٹھٕ دوان۔ تٔسی کُن ووٚتھ "کانٛہہ شوق چھنہٕ میانٮ۪ن شُربن۔ صُبحے آسہٕ ہَن ریڈیو ترٛاوان۔ مُلکھ بوزان زۆنہٕ ڈب۔ یم بنے یم زیادے انگریٚز۔ تلَے اَنٛن نوش تہٕ بوزوأز کیاہ وَنُن۔ کیاہ ڈزٛ امالاگن"۔

امر مالموہی سُنٛد افسانہٕ "ڈٔلیل۔ دبہٕ مَرٕ ہنٛز "تہٕ چھُ تتھی دردو کربس تھنہٕ پٮ۪یومُت۔ یہٕ چھُ سٮ۪ٹھاہ چابُکدستی سان تمن حالاتن پرٕ ٹلان یم مُنٛزی

اُسی گٔژھ رٔچھ ۔ فن رٔژھرٲوِتھ کتھ واتہٕ ناوُنی چھنہٕ لو کٹ کتھ ۔

"پتہٕ ...... پتہٕ گوہنگہٕ منگہٕ اَنہِ گوٚٹ ۔ ژوپاسے گوٚو بکھتین مہنٛن ہُنٛد پِپن پِپن تہٕ تِہنٛ تِہنٛ شروٗع ۔ یس تہِ ٹوپھ اُبج تس کھوٚت گوڈٕ پتھ تہٕ پتہٕ کاژبن وَرم ۔ وُچھان وُچھان بدلیہِ لُکن لاگ لِگتھ شکلہٕ تہٕ اُچھ آکھ پدبن مَنٛز ۔ پَدپَد سپُد ایلان زِ بونہِ بلہٕ کِھ لُکو چھُ وونی وہمہٕ ترٲوِ مُتی یِموکِنٛز بونہٕ چِہ پھولان آسہٕ ...... مظہر گو پھٲلان ...... آشن گیہِ ہاشہِ ...... لاشن لگُٹھی ۔ کُس گرٕ اوس یس نہٕ کاتھہ موٗد ...... اُڑِی ژلی ...... اُڈی گلو تہٕ اُڑی آسے ہِہنہٕ تاپرِ صحروان تہٕ گنٛڈی سنگستانن مَنٛز ۔"

رتن لال جوہر سُنٛد "آشہ تہٕ وسواس" چھُ اَکھ طنزیہ افسانہٕ یتھ مَنٛز سُہ اِنتہائی چابکدستی سان تہِ سوٗرے چھُ باوان یہِ عام بٹس پیٹھ گٔژھ رٔیوو ۔ تِکیازِ زانہِ سوے جاے یتھ جایہِ تیوٚ ننگل چھُ ہوان ۔ مگر اکثر چھُ ٹُٹھِ وٚنِس دام ہوان دِین تِکیازِ اُسی چھِ وونی پنہٕ نِسے ریاستس مَنٛز مائیگرنٹ ۔ دُکانس پیٹھ چھُ یتھ پاٹھی کتھن دَل لگان:

"گپتا جی نہِ بُتھیک تاثر اوس صاف باوان زِ سُہ رٹِہ ہے مےٚ تہٕ ژٹِہ ہے پوٚز کیاہ تامتھ خیال یتھ کملوٗون بُتھ واپس ۔ البتہٕ ڈاکٹرس آیہ تاٚشہ تہٕ دنیون:

" کرُ ژھو پہ پنڈ تا! یہِ فلاسفری ناچلہِ وِ نہٕ ییتہٕ ۔فلاسفر آسنک ہِر ہِرِ چھو کاربن اندر...... یتِس کالس دِ یہِ لد گگرن ہِندی پاٹھی تتہٕ لار گرہاو۔"

جوہر سُند بیاکھ افسانہٕ "سونچہ صحراو" تہٕ چھُ اَمی ہِندِ مخصوص اسلوب تہٕ ورتاوِ کنی جاندار افسانہٕ تکنیکیا زِ اَمی سُند فن چھُ تمام لوازمات ہیتھ پوختہٕ یمہِ افسانس منز آسنی گوھن ییہٕ چھُ یہِ سیدِ سیوٚد دِلَس وونِد باوتھ کران۔ یُس اَمی ہِندِ اسلوبچ بڈ بارِ خوٗبی چھےٚ۔

جواہر لال سرور چھُ بنیادی شاعر مگر افسانہٕ تہٕ چھُ لیکھان اَمی سُند اَکھ افسانہٕ کشیرِ منز سپدن والین ناسہٕ تژ اسہٕ حالاتن ہنز سام ہیتھ گنی "زوٗنہٕ مۆژ "افسانس منز ہوان:

زوٗن وُژھس واپس:

"وُچھان گوھ ییتہٕ کیاہ بنہٕ ۔زچن نے ین نال اَتھِ ۔بوے ہے بنہٕ بأےسُند دُشمن تہٕ گوبُر مأ لی سُند قاتِل ۔تہٕ ہے چھےٚ میانہِ اَچھ وُچھان زِ راتھ کیُتھ کوس کوس بلاے چھےٚ گامہٕ گوم واتان ۔جوانن رٕتھ پأٹھی چھِ نوٚنہٕ گُری تہٕ تِلہٕ تلاوہاونہٕ یوان۔خودِ ہے ہے چھُ حأفظ خبر اُسی سمکھوا ییتہٕ یور رِکنہٕ نہٕ...... جان گوھِ ہے ہرگاہ توٚہی تام نِیری ہو۔تلے میوٗنے بوز۔خبر

کیاہ چھسے ونان۔ پتہٕ ہے پھیری"۔

مکھن لال پنڈتا ہَس چھُ دیہاتی لب ولہجہ تہٕ پنہٕ نِس قرنہٕ پھٔیر افسانس مَنٛز چھُ دوستی ہنٛدِس مانے بدلنس تہٕ یارٕ زمَنٛز سوداباٗزی اژنس پیٹھ پٔتن افسانہٕ ہتھہٕ پاٗٹھی اند واتناوان:

"مےٚ اَس کتھِ رٹھ اوٕنۍ "تمۍ وۆن "خبر گرٛھیا جان"۔

"ون ساٚ ژےٚ ہتۍ چھا کانٛہہ ووپراٗزی۔ ژےٚ لوکچارک ہتۍ بوج چھکھ۔ وقس آیہِ بلاے۔ نتہٕ یوتانۍ نہٕ اَکھا کی سُنٛد بتھ ؤچھہو قرارٕ ے اوس نہٕ پِوان۔"

"مےٚ ہساٚ دۆپ۔ لُر دِکھ یۆ رۍ "اۆبدۍ وۆن۔ یہ زمینہٕ ژَکُل چھُ مےٚ جایہ لَرِ۔ میۆن گُہہ چھُس زیادٕ۔ مےٚ چھُ پھیکہِ پھیکہِ دوا۔ لہذا اگر کیٛن آسی۔ میٚے ہنٛز زبن۔ پتھ گومول۔ دون قسطن منٛز والےنکھٕ سو چھےٚ ژےٚ میاٚنۍ خبرٕ ے"۔ رامہٕ جُون دِیٹ ژٕ بتھ۔ اۆبدِس گرٕن بُتھِس ڈٕر نظراہ تہٕ دۆپ نَس "وونۍ چھُ بہتر تی"۔

ڈاکٹر اومکار کول چھُ لوکٹین موکٹین واقعن افسانوی رنگ دِوان۔ اُمۍ سُنٛد افسانہٕ "تَس مانٛج میاٚنۍ نظر" چھُ تتھ تشدد س کُن اِشارٕ کران یُس بَسن پیٹھ پتھراو کرنہٕ ہتۍ سپدان چھُ تہٕ تمیک اَثر یُس سوار بن پیٹھ پیوان

چھُ تہٕ بےٚ پٔژھی وۄتلان چھےٚ۔ چھوکہِ لدٕ زنانہِ چھُ ہوان دِلاسہٕ دِیُن مگر......

"توٚہی مہ بٔرِو پرواے...... اَسی ہے سأری......" اَمہِ علاوٕ ہیوٚکُم نہٕ یہِ زأنِتھ کینٛہہ ژٕنتھ زِ کیاہ پےٚ گتہِ تہٕ کیاّ أری ئن بسہِ بیہِ کنہِ۔ تٕسنٛدِس بتھِس پیٹھ اوس نہٕ ووٚنی ہلکہِ کوٚ لأبی رنگ ئلکہِ کھوژُن، تژہرُن تہٕ باغرُن۔ بس أس تیز تیز ژلان۔ أمی سٕنٛزِ کھوتہِ منٛز أس أمی سٕنٛز کوٚ رفقط تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ تس تہٕ اوس ییٚ ہے وحشتھ ہیٚوٚ گومُت۔"

بالہِ اپأرِم خاب چھُ روٗپ کرشن بھٹ سُنٛد مأری موٚنٛد افسانہٕ۔ اَتھ منٛز چھُ یہِ تمہِ خوٚفٕچ تہٕ دہشتچ کتھ کران یُس جلاوطن سَپدنٕس تام کٔشیرِ پٔژتھ أکی اِنسانس وُچھ تہٕ یُس شوعوٗرس تہٕ لاشوعوٗرس چیرٕ تھٔیتھ گرتھ چھُس۔ یہأے حالت چھُ روٗپ جی اَتھ افسانس منٛز یتھہٕ پأٹھی باوان:

"سوٗرے بدن اوس سردیوٗمُت۔ یہِ أس شاید میانہِ خاطرٕ وقتہٕ أغرچ گر۔ یموگٔنٛڈ مےٚ موٚٹ رزا زنگن تہٕ تژ ووٚہس تالوس ترودِ۔ یام مےٚ مرژ وانگن دٕ ہہ أچھن گومےٚ پھیوٗر بیہِ حبس۔ مےٚ ہرٕ کژکہِ دِنہٕ تہٕ وبلا پھ گرٕنی۔ نفر جورٕہأ ورٕڈی میأنی اَتھہٕ تہٕ ہیوٚ تٕھ نمن لمُن۔ یام تمو نمن زوٗرٕ سان لمُن ہیوٚت مےٚ ژٕج گٔنی کژکھ نیرِتھ۔" وأے مأجی مور ہَس ہے"

تہٕ گوس پکہٕ سان بسترٕ منٛز تھوٗ دۄتھ۔ مأج تہٕ گیہٕ ہُشارتہٕ رۄٹنس بہٕ نالہٕ متہٕ۔ اُنگ سَیا بلایہٕ۔ وۄندٕ مَیا ربٕ۔ اَز تہٕ اوسکھابیٚہٕ بالہٕ اپأرِم خاب وُچھان"۔

اوتار ہوگامی ہندی افسانہٕ چھِ طنز و مزاح ستی بٔرتھ آسان۔ سُہ چھنہٕ بیٚیس پیٹھ تیوٗ تاہ طنز یا خنٛدٕ کران یوٗتاہ سُہ پانس پیٹھ کران چھُ۔ پانس ٹسنہٕ یا ٹینہٕ کرُن چھُ بوٚڑ بارٕ فن یُس خالے کأنسہِ تگان چھُ۔ "وأنجہِ دأدِس روہنہٕ ژژوٚٹ" افسانس منٛز چھُ چندٕ ژۄر یتھ جلاوطنی ہندی تمہٕ ٹاس وتمر اوَن وأنس چنٛدس صفأیی زوان گٔرتھ۔ پتہٕ چھُس کِہۍ تام ضۄرۄری کاغذ بے رنگ لِفافس منٛز واپس سوزان مگر روپیہ داہ تہٕ چھُس تھاوان ستی۔ یتھ پأٹھی چھُس لیکھان:

"بہٕ چھُس تہنٛد شُکر گذار۔ تہنٛدِ پتلوٗن چنٛدٕ منٛز پٔرس کٔڈنس گیہٕ نہٕ مےٚ کانٛہہ دِقتھ۔ تُہنٛد ہُنر چھُ قأبلِ داد۔ یٚیتہٕ چھِ اکثر لوٗکن ہنٛدی چنٛدٕ ژٹہٕ نہٕ وِزِ اوٚنگجن کھش وَسان مگر تہُنٛدی چندن کوٚرُس سبٹھاہ شرمنٛدٕ۔ پیٹھٕ اُسی نوٗی کَرکَر کرٕونی نوٹھ۔ آہاہاہا...... بھگوان دی نَو صبرٕ تہٕ ہمت۔ سأری کاغذ چھُس بہٕ توہہ واپس سوزان۔ دہن روپین ہُند نوٹھ وُچھتھ گوٚھی زبونہٕ حأران۔ یہ چھُ ڈاک خرچہ بے رنگ لِفافُک۔ اٰخر مَرن چھُم نا۔ دَیس

نِش کُس جواب دِمہٕ۔"

وِجے ساگر چھُ موقصر افسانہٕ لیکھان۔ أمی سٟند بن افسانن منٛز چھُ زِندگی ہٕنٛد بن مُختلِف واقعن ہُنٛد تذکرِ آسان۔ تہٕ یہ چھُ پرن وألِس پانس سٟتی انٛدس تام پکہٕ ناوان۔" کُنٛج" افسانس منٛز چھُ سُہ رأوی مِتہٕ گرِ چ پوٚت کل رادھا مالہٕ ہٕنٛدِ ڈٟسی سٟتھ کُنٛ وبژہٕ ناوان تہٕ سٟتی نوٚ پُیہٕ پٕنٛنی ماجہ زبِ راونس پٮ۪ٹھ اَتھ افسانس أکِس سوالس پٮ۪ٹھ انٛد واتہٕ ناوان:

"ہَے ہَے اَتھ ڈبہِ کُس شُنیاہ چھُ گومُت ...... یاد چھُم پوان کتھ کُنٛ اوس سُہ ژھٕنس سٟتی ڈوٚکھاہ دِتھ ہٕتھ شُربن پرٕ ناوان ...... یٮ۪لہٕ راجہِ تہٕ گلِس پرناوان پرناوان گُلِس اَکہِ دوہہ نیہٕ ٹاس لایان۔ مےٚ ژھٕنیس تھف تہٕ تژن دوہن کرے مَس نہٕ کتھے ......اَما چوکہٕ طرفہٕ سُہ ژھوٚن کتہِ سنا چھُ ...... ہَے افسوس ہا گوم ...... یتھ گٕنٛڈی تالوس کموکوٚ رووگہٕ ...... دارِ برکمو نیہٕ پژ أٹِتھ۔ یہِ کوس باتژٹھ پٮ۪ٹھیم کُتی جہِ ہَبا روو اول ...... کُتی جہِ ہَبا روو اول ......"۔

"راشی بھیا...... بڑی ممی کیا کہتی ہے...... کتی جہِ رووا ول...... یہ کُنٛج کیا ہوتی ہے؟"

ویریندر پٹواری چھُ بٔنیادی اُردوٕک افسانہٕ نِگار مگر وونی چھُ

کاشِرِ پاٹھی تہٕ لیکھان۔ أمۍ ہنٛدی افسانہٕ چھِ علامتی تہٕ یِہ چھُ سورُے کینٛہہ علامژن ہنٛدِ ذٔریعہِ باوان۔ أمۍ سُنٛد اَفسانہٕ "بوٗد نابوٗد" تہٕ چھُ علامتی افسانہٕ تہٕ بےگرٕ سپدتھ جلایہِ وطنی ہنٛد بن تتہٕ پُتر بن لگتھ چھُ خودکلامی کرنہٕ کِس حالتس منٛز کتہٕ کوروا تان:

کنٛن گیٚم آوازتہٕ زوٗنم زِبۍول اوس بیٚیہ اَنہٕ گٹہِ منٛز کھوژنٛچ کتھ کتھ کران...... یہ ماونہٕ ہَس کینٛہہ مگر ماجہِ میانہِ دیٚتنم أسس تھوٚپ تہٕ أنٛج ونہِ "أمِس بیٚاٗلس گو پھان۔ ماجہِ ہنٛز یِڈ منٛز کوٚڑیا گرٕ پچھنہِ تہٕ تژٕوون چانہِ یڈ منٛز۔ یہ اَنہِ گٹ گیہِ پھانسہِ کوٚٹھرِ ہنٛز أخری اَنہٕ گٹ شُرٕ باپٕنٛچ اَنہِ گٹ نہٕ۔"

مےٚ دِژکرٕکھ...... مےٚ تژاو...... یہ بیٚول چھُ مےٚ بوے...... بہٕ پھُٹہِ أمِس یِڈ۔ شِکم چاکھ کرٕس میانہِ ماجہِ تھوٚوپٕنٛ اَتھ میأنس چأنٹس پٹھ تہٕ ووٚن نَم "ووٚنی دِہم ناٗخمس منٛز تہِ روزنہٕ۔"

یَتھ وقتس دوران آے بیٚیہ تہٕ کینٛہہ افسانہٕ نِگاریم قأبلِ توجہ چھِ، مثلن موہَن گلابی تہٕ وِجے مام بیترِ۔ أخرس پٹھ ونہٕ بہٕ یِی کہِ کأشُر افسانہٕ چھُ جلایہِ وطنی منٛز تہِ تتھے پأٹھی پھاپٕنٛھ لاونہٕ آمُت یتھٕ پأٹھی اَتھ پھاٗنٛھلُن پیٚوِ ہےَ۔ یَتھ صنفِ سوخنس رتن لال شانت، ہری کرشن کول،

امر مالموہی ، اوتار کرشن رہبر تہٕ رتن لال جوہر سٕ ہوی آدم آسن ، جلاوطنی مَنٛز گوڑ برنس سوصنِف کیٛاز پھولہٕ نہٕ تہٕ نۆنہٕ دوہہ کھوتہٕ دوہہ۔ اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک زِ اَتھ بڑ وٕنٛہہ پکنَس چھِ مُشکلات تہِ واریاہ مگر یہِ روزِ توتہِ بڑ وٕنٛہہ پکان تہٕ نوٚن سرحدن سر کران۔



# ونوا سس منز تنقید نگارن ہُند دیت

موہن لال آش

تنقیدس چھُ عالمی پیانس پیٹھ اکھ اسلوب ۔ ادب، أدیب تہٕ قأری۔ چاہے سہ بالہٕ اپارٕ آسہِ یا یپارٕ ۔ ووٗنی گو عام رائے چھُ یہ وَنان زِ یُس ادب یا تنقید اِنقلابَس، زیہنی محشرس یا اقتصأدی تہٕ سیأسی وولُہمرِ شہٕ منز تھنہٕ پیٚیہٕ تمیک انداز ے چھُ الگ آسان۔ تتھ منز چھُ أدیب ہِندِ زیہنی، روحأنی، شعوٗری تہٕ تأمیری سوچُک اِمتحان آسان۔ اَسہِ چھُ وُچھن ییلہِ أدیبن ہنز اکھ چھوکھ ونوأسی آیہِ بناونہٕ یِمن مأڈلی کھور۔ یِم کیاہ چھہِ ونواسکی ژودہاووٗری گنڈ اُرِتھ وَنان۔

أتھی مُتلِق چھُ بہٕلہِ پایہِ شأیر تہٕ تنقید نِگار (T.S. Eliot) وَنان زِ تنقیدُک مُدعا چھُ تخلیقی عملہِ تہٕ ادبس نۆبر گرُن۔

دوٚیم تنقید نِگار (Spin garn) چھُ تخلیقی دِتس منز ترٚن کتھن کُن اِشارٕ کران:

(۱) ادیبن کو سہ باوتھ چھِ تخلیقی عملہ منز گرہو۔ (۲) یہ چھاتہ ونہ یس منز کامیاب سپد مُت، یہ اُمس وُنن اوس۔ (۳) تخلیقس منز کس وٗطیر چھُ تنقید نِگار سُند زون پانس کُن پھِران۔ (Mathew Arnold) چھُ وَنان گُنہِ تخلیقی عملہِ منز مولانکون کرنہٕ بڑ وُنہہ گوٚڈ تژن کتھن ہُند خیال روزُن۔ (Matter) یعنے مواد کمہِ قسمُک چھُ۔ (Manner) یعنے یہ مواد کمہِ آیہ چھُ ورتاوس آمُت لاگنہِ۔ تہٕ موادس کوتاہ وٗژھجار (Capacity) چھُ۔ تنقید کی یِمے اصوٗل بڑ وُنہہ کنہِ تھاُوِتھ چھِ اَسہِ ونواسکس اَدبی ذٔخیرس سام ہیٚنۍ۔ بالہِ تُرِتھ گیہِ اُدہب رنگہِ رنگہِ مُصیبتس تہٕ پریشانٔی یَن ہنٛدی شِکار۔ مگر تمہِ پتہٕ تہٕ تژ وونہ یمو حوصلہِ۔ نامسأید حالاتن منز گیہِ یم لیکھان۔ ہاں اَکھ کتھ پینہِ ماننۍ زِ ونواس سپدن پتہٕ لوٗگ قدرن تہٕ اَمارن لوژر۔ پژھِ ہنٛدی آگر ہوٗکھی۔ سأری رِشتہٕ باسینہِ کتِر وبلہ بٔتھ۔ لول ماے، ہمدردی تہٕ برادری باسے یہ کِتابن ہنٛدی (Chapter) یتھ نہٕ عملی زِندگی ستی کانٛہہ رِشتہٕ ہیوٚک قأیِم سپدِتھ۔ مگر سون تنقید نِگار ییلہِ پٔتن سوٗرے اَدبی سرمایہ ہیتھ تیز اب ولنہِ لوٗگ بٔتھِ چھلنہِ اُمس پیو وجدید تنقید نِگار بچل (Bechetle) سُند یہ مقولہِ یاد "یہ کوٚت گوٚژھ ہا اگر یہ ہیکہِ ہا گوٚژھتھ۔ یہ کیاہ ونہٕ ہا اگر یہ ہیکہِ ہا۔ یہ کیاہ ونہٕ ہا اگر مےٚ آواز آسہِ ہے۔ میأنی حقیقتھ چھاتہٕ یہ مےٚ

وِشواس چھُ۔ یہ چھسا کِنہٕ یہِ چھُ اکھ (illusion) سراب۔

مےٚ کیاژ زِ رگن رگن دگ، یہِ کُس وِشواس چھُ میانہِ کو چھِ مٔنز ماےلاگِھتھ موٗ نیٚنڈرِ"۔ یہِ ماے یہِ دگ، مُنکرِ سپدِتھ تہٕ کتھ تام سرحدس مُد یہِ وُچھن۔ یہِ اُس اُمس مٔنز کائنٕر ادیچ، فنچ تہٕ کشیرِ تیچ سہ دأرِ ےیٚلہٕ ییٚمہٕ مٔنزی اُمس لل دید تہٕ نُندہٕ ریٚوش اُسی درٕ ییٚٹھی گژھان تہٕ ونان باسان:

"بوزان چھُکھا یہا چھُ سکراتن زہرچٔون تہٕ منصوٗرن دارس میٹھی کرٕنی۔ یہِ چھُ چانہِ آسنک تہٕ چانہِ ہستی ہُند اِمتحان۔ چانہِ تخلیٖقک کٔلاس پربت تہٕ چانہِ عصری آگہی ہنٛز کرمہ بھوٗمی یوسہٕ یتھ سنہٕ نمتھ کِس مہابھارتس مٔنز زِندہٕ جاوید اِستادٕ گیہ چانہِ اصلیتھ تہٕ خلوصک اِمتحان کرنہِ۔"

تنقید نِگار زٔن گووموٗ نیٚنڈرِ بیٚدار۔ اُمی دٔوپ یہِ ہیکہٕ نہٕ تہٕ سوٗرے ترٛاُوِتھ یتھ ہتی کٔشیرِ ہُند ڈبکہٕ لون یعنے کشمیریت چھِ وأٹِتھ۔ یہِ اوس حیات آفرین سوٚنچ۔ اُمی کرنہٕ اَدبس چھلہٕ بلکہِ کوٗرن تہٕ سوٗرے یکجا یہ سنہٕ نمتھس مٔنز راوِس تل اوس یوٗہان گوھُن۔

اُمی لاج بالہِ اَپارِ پیٹھہِ یپورتانی ادبس مولانکہٕ ون کرٕنی۔ سنہٕ نمتھ (1990) پتہٕ اَز تانی ہیوٗ ونہٕ کانہہ توٗ فکری یا فنی تجرٕبہ ادبس تھنہٕ نہٕ آو کانہہ نوٗ ومیزان بارسس ......

بالہِ ترِتھ رٔٹ رتن لال شانت صاٗبن تنقیدِ چ کاٗم درِ دست۔ اُہنٛز تنقیدی سوٗمبرن " کشمیر ساہتہِ سنٛدرب "[1] چھِ کاٗشرس ادبی سرمایس منٛز اَکھ اضافہِ۔ اَتھ تنقیدی سومبرنہِ منٛز چھُ کاٗشر ثقافتی، محاشرتی، تمدٗنی تہٕ اَدبی سمسارٔک جاٗیزٕ آمُت ہیٚنہٕ۔ یُس لل دید پیٹھٕ ووٚدیَس آوتہٕ اَز تام چھُ مُسلسل جاٗری۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھُ شانت صاٗب ادبی دورن ہنٛز باگنے کران تہٕ ونان زِ گوڈٕنیک اَدبی دور گولل دید پیٹھٕ شروٗع تہٕ ٹُنڈہ ریٚشِش تام ووت اَنٛد۔ دوٚیم دور چھُ 1450 یعنے علمدارس پتے پٮ۪ٹھٕ شروٗع گژِتھ اَز تام جاٗری ہاوان۔ شانت صاٗب چھُ مثنوی ادبُک دور تہٕ تصوفُک سمے یکہِ وٹہِ ترٛ کرِ کھالان۔ یُس ناکاٗفی چھُ باسان۔ مثنوی دوراوس سبٹھاہ کم وقتس۔ یہِ اوس اَکہِ سیاٗسی بحرانُک پیداوار یا وَنو ردِ عمل تہٕ عملی پھاٗلاو۔ فارسی علم ووت کٔشیرِ تہٕ (Information Blast) یعنے حبہٕ آگہی سپز تہٕ مثنوی آیہِ باسَس۔ اگرچہ تصوٗف تہٕ نیٚرِ پیٹھ یوروٗوت مگر یٮ۪تہٕ اٗس اَمہِ برٛونٛہہ ریٚشِ پرمپراچلہٕ وٕنی۔ اَتھ پیٚٹھہٕ زیادٕ محاز آرٲیی کرٕنی۔ تصوٗف گو سماٗجی زنٛدگی ہُنٛد حصہٕ بٔنِتھ تہٕ احدزرگرس تاں واتان واتان سوریوا اَتھ وُشنیر۔

[1] یہِ کِتاب چھےٚ نہٕ کاٗشرس منٛز بلکہِ ہِندی یَس منٛز۔ (جوہر)

مگر تِمَن حدس تانی چھُ تصوُف اَز تہٕ شاعرن پانس کُن مُدیہ وُچھ ناوان۔ لہٰذا ایمن دون اَدبی نَجن اکُے سَمے مقرر گرُن گو اَدبی دورن منٛز اَکھ انتر دِیُن۔ یُس نہٕ واقعہٕ ہَن ہتی واتُھ چھُ کھوان۔

وُہمہِ صدی منٛز گو کأشُر شأیری منٛز نوبر پڑاونچ عمل (Renaissance) شروٗع۔ شار پرکھاونکہِ تہٕ مولہٕ آنگہٕ ون کرنکہِ پڑأنی پیٚمانہٕ سَپدی متروٗک۔ شأیری منٛز گو توٚ ومزاز تہٕ نُو وآہنگ پأدٕ۔ اِستعارٕ، پیکر تہٕ تشبیٖح آیہٕ عصری وردن لأگتھ ادبس منٛز مُتارِف کرنہٕ۔ عالمی اَدبُک اَثر پیوٚ کأشُر شأیری پیٹھ۔ ہندوستانچ جنگِ آزادی تہٕ کشمیر چھوڑوٗ تحریک بنیہ کأشرِ بن ہنٛزِ زِندگی ہُنٛد اَکھ حِصہٕ۔ اَتھ دورس منٛز آیہٕ صوٗفی شأیری تنقیدَکس زدس تل۔ نہٕ دُنٛدِس ووشلو ہجو رنبو ترانو ڈیکہٕ لون۔ مہجورنس دورس چھِ تشکیلی عملہِ ہُنٛد وکھوٚنان۔ ادِبکس بِدگا سنٛس کھوٚت پوٗری کنہٕ گاشہِ تارُکھ۔ مہجور عصری آگہی ہُنٛد گاشہِ مُنار۔ اَتھی دورانس منٛز دزاو مہجورُن یار عبدالاحد آزاد ادبی آ کاشش پیٹھ توٚن۔ آزادن دِیُت ادبی تنقیدس گوڈٕ تہٕ گمنام شأیرٕ اَنِن گوشہٕ تنہأہی منٛزِ کڈِتھ تہٕ تم پزٕ لأوِن۔ ترقی پسند تحریکہٕ ہنٛدِس پڑاگاشس تل لیکھن وول شأیر چھُ عبدالاحد آزاد۔ ڈری یا وِنظمہِ منٛز کوٚرُن سماجی تہٕ سیأسی نظامس پوسٹ مارٹم۔ تہٕ قومی کنیو

اِنسانی فرض کوٚرُن اَکِس وطن پرست ہٕندی پأٹھی پوٚرٕ۔

1948 پتہٕ آو لِکھاربن ہُنٛد اَکھ کاروان ادبی سمسارس منٛز۔ یِم قدامت پرستی، ضیف اُلاعتقادی تہٕ توہم پرستی ترٛاوِتھ شوٚ دتہٕ صاف زِہن ہیتھ عالمی ادبک مطالعہ کرِتھ کوشُر (Ethos) رگن منٛز شرٛ پراوِتھ ادبچہ ہیمالہٕ سوٚ ندرِ پأراو لگی کرنہٕ۔ یِمن منٛز آسی ماسٹر زِندہ کول، میر غلام رسول نازکی، فاضِل کشمیری، دینا ناتھ نادِم، کأمِل، راہی، مرزا عارف بیگ، موتی لال ساقی، غلام رسوٗل سنتوش تہٕ منظور ہاشمی بیتر۔ یِمہٕ نِے لرِلوٚ راسی دوٚ یِمس قطارس منٛز ارجن دیو مجبوٗر، عبدالستار رنجوٗر، ناجی مُنور، عبدالرحمان آزاد، موہن لال آش، چمن لال چمن، مشعل سلطانپوٗری، مرغوٗب بانہالی، رشید نازکی تہٕ رسول پوٚنپر بیتر۔

شانت صأبن چھِ کینٛہہ اہم شأیرامہٕ فہرستہٕ منٛز ترٛاوِتی مثلن مکھن لال کنوٗل، محی الدین گوہر، پروفیسر غلام محمد شاد، شمبو ناتھ بٹ حلیم، موتی لال نازوغأرٕ۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ شانت صأب اَتھ کِتابہٕ منٛز کأشِر نثرٕچ تفصیلی وضاحت کرِتھ ونان زِ کأشِر نثرُک اِبتدا گوو 1821 ہَس منٛز بایبل کہٕ ترجمہٕ ستی۔ 1875 ہَس منٛز کوٚر مولوی یحییٰ صأبن ترجمہ اُلقران 94 ہَس منٛز نولز ہٕنز لکھ کتھ۔ 1936 ہَس منٛز پرتاپ میگزینک کوشُر سیکشن۔ 39 منٛز

گاش، 29 ہَس مَنز نندلال کولُن ڈرامہ "سیتھ کہوٹ"۔ محی الدین حاجنی سُند "گرٕہسی سُند گرٕ"۔ نیلہٕ کنٹھ شرما سُند "بِلوا منگل دزایہِ بازر"۔ افسانُک دس تُل سومناتھ زُتشی صاٜبن "ییٚلہِ گاش آو"[1] تہٕ اٰدِم صاٜبن جوابی کارڈ افسانہٕ ستی۔ مارکسی تصورُس تحت لیکھن واٜلی نور محمد روشن تہٕ عزیز ہارون تہٕ چھِ نثری ادٕبکبن پیش کارَن مَنز شاٜمِل۔ اَمہِ پتہٕ گرِی ڈراماہَن ارتقاٜیی مَنزِل طے تہٕ علی محمد لون، امین کاٜمِل، سجوٗد سیلانی، ہری کرشن کول تہٕ موتی لال کیموہَن واتہٕ نووکوشر ڈراما عالمی سٔطحِ کبن تھزرَن نکھٕ۔

رتن لال شانت صاٜبن چھ افسانہٕ ادبس پٮٹھ شوٗبہِ دار کِتاب "کاٜشُر افسانہٕ اَز تہٕ پگاہ"۔ امر مالموہی چھُ اتھ زکر کران "خبر افسانہٕ کِس تنقیدس مُتلق ییٚا ییٚمہِ برٕونہہ کُن یژھ کِتاب پیٚیہِ لیکھنہٕ"۔ شانت صاٜبن چھُ اَتھ کِتابہِ مَنز کاٜشرس افسانس پٮٹھ مغربی طرز فِکرُک اثر مُدلل وبوٗدنو مُت۔ چیخوف، ایڈگر ایلن، جیمز جایَس، مارکسی نظریہِ تھاون واٜلی افسانہٕ، جدید تخلیقی بارٕو ہیتھ افسانہٕ، سارتر، ہمنگوے بیٚترِ افسانہٕ نِگارن ہُند اثر ساٜئنس افسانس پٮٹھ۔ جنگ عظیمٕچ تباہ کاٜری، ہندوستانٕچ تحریک

---

[1] افسانس چھُ "ییٚلہِ پھوٚل گاش" ناو۔ (جوہر)

آزادی، دولتُک نامنأسِب تقسیم، قدرِ راوٕنُک احساس، مشترکہٕ خاندان تباہ گژھنٕچ ژٕنڈ، بجرٕکۍ مَسلہٕ، گونان گوں سماجی، ثقافتی، معاشرتی تہٕ سیأسی وولہری شہِ۔ یمو سارِوٕے واقاتو یُس اثر سانہِ زِندگی پیٹھ ترٛوو۔ سون افسانہٕ چھُ یمن ساری نٕے وکھنٕے کران تہٕ واش کڈان۔

ناول پرنُک اثر چھُ وارٕ وارٕ کم سپدان۔ تِکیازِ لُوکن چھُنہٕ پرنہٕ باپتھ وکھ۔ لہٰذا چھُ افسانہٕ اتھ کمی پوٗرٕ کران۔ ایڈگر ایلن پوہن دوٗن "کامیاب افسانہٕ چھُ سُہ یُس زِندگی ہُندا کُے پہلوٗ نمایاں کرِ"۔ افسانہٕ کیو نقادو چھِ نو اصوٗل اَکہِ کامیاب افسانہٕ باپتھ وضع کٔرۍمتۍ۔ یتھ شانت صأب چھِ مدلل وضاحت کران:

۱۔ افسانہٕ گژھہ زِندگی ہُندا کُے پوٗکھ پیش کرُن۔

۲۔ واقعہ بدلہِ ہیکہِ احساس تہٕ اُستھ۔

۳۔ اگر افسانٕچ بُنیاد کُنہِ نفسیأتی پزرس پیٹھ آسہِ سُہ چھُ رُت افسانہٕ مانہٕ یوان۔

۴۔ افسانہٕ چھُ دِل بہلأیی تہٕ کران تہٕ اَتھ مَنٛز چھُ خیال ووتلاوٕنُک طاقت تہٕ آسان۔

۵۔ افسانٕچ شٕنٛچھ گژھہِ ساری نٕے مانٕنۍ لایق آسٕنۍ۔

۶۔ افسانس اندر گژھنہٕ کُہیں غأر ضۆروٗری آسُن۔

۷۔ افسانس اندر چھِ واقات سرس آسان یا کِردار۔ مگر کِرداروول افسانہٕ چھُ سرس ماننہٕ یوان۔

۸۔ افسانٕچ زبان گژھِ آسان آسٕنۍ۔

۹۔ واقات گژھن کِردارن ہٕنٛدِ دلہٕ نیرٕنۍ۔ مگر تم گژھن نہٕ زیادٕ اہم آسٕنۍ۔

شانٛت صأبنہٕ اَتھ کِتابہِ منٛز چھُ أکِس نقادسٕنٛدِ باپتھ زان کأری ہُنٛد خزانہٕ بٕرِتھ۔ پٔرِتھ کانٛہہ مضموٗن چھُ الگ الگ نفسیأتی، سمأجی، معاشرتی تہٕ اخلأقی پہلوٗ زیرِ بحث انان۔ یِمہٕ ستی پٔرن وول مُتأثر گژھنہٕ ورأے روزان چھُنہٕ۔

مضموٗنن ہٕنٛز ترتیب چھ "أزۍ کِس افسانس منٛز باوتھ تہٕ ورگہٕ باوتھ"۔ "ہمکال زِندگی ہُنٛد اَکھ دستاویز"، "افسانہٕ تہٕ حقایتھ سہل ترسیلُک سوال"، "بٔڑ مُلکہٕ کِس لوکٕٹس انسان سٕنٛز کتھ"، "اشارٕ تہٕ علامتُک افسانہٕ"۔ کُلس پٹھ وَنوِی زِیہِ کِتاب چھِ شانٛت صأبنہٕ فنی تہٕ تخلیقی سمسارُک موٗلُل سرمایہ۔

تنقیدی ادب لیکھنُک شری گنیش کوٗر بالہٕ یپارِ ادبی تنظیم،

"سمرِتی"۔ اَمہِ ستی بنیہِ یہ تنظیم تنقیدی ادبچ پیش کار۔ اَمہِ تنظیمہِ کوٚر "ستی سر" ناوس تل اَکھ کِتابی سِلسلہٕ شروٗع۔ ستی سر نمبر اکھ اوس تنقیدی تہٕ مولوٗماتی مضموٗنن ہنٛز سوٗمبرن۔ اَتھ منٛز یمو قلم کارو پٮ۪ٹھ اَتھہِ بنٛدُت آیتن تھوٚو تِمن منٛز چھِ ارجن دیو مجبوٗر، ڈاکٹر امر مالموہی، ڈاکٹر رتن تلاشی، موہن لال آشؔ، ڈاکٹر پریمی رومانی، مکھن لال صرٛاف تہٕ پرتھوی ناتھ بٹ شامِل۔[۱]

ڈاکٹر رتن تلاشی صابن لیچھ تنقیدس پٮ۪ٹھ دِلچسپ کِتاب اَکھ وَن۔ اَتھ کِتابہِ مُتلِق چھِ ڈاکٹر تلاشی لیکھان۔ "یہِ کِتاب چھِ زبان تہٕ ادبی مطالعہ کِس اَکِس وسیع وا ٹنگس وِحاطہٕ کران۔ مُختلِف حِصن منٛز

---

[۱] یہِ کِتاب اُس نہٕ چھرا تنقیدی مضموٗنَن پٮ۪ٹھ مُشتمِل بلکہِ اُسہ اتھ شیٚن مُختلِف گوشہِ تحقیق تہٕ تنقید، یادِ پھری یعنی سنٛسمرَن، ابسے، سفرنامہِ، اوٚک اُنگی ڈرامادہٕ افسانہٕ۔ یمن قلم کارن ہنٛز تخلیقاتہٕ اتھ انٛد ر آسہِ تِم چھِ: ڈاکٹر رتن لال شانت، ڈاکٹر رتن تلاشی، پرتھوی ناتھ بٹ، پُشکر بھان، موتی لال ساقی، مکھن لال کنول، ڈاکٹر روٗپ کرشن بٹ، موتی لال کیموٗ، آر۔ کے۔ برارو، اوتار کرشن رازدان، وریندر پٹواری، ڈاکٹر امر مالموہی، ڈاکٹر اومکار کول، رتن لال جوہر، جواہر لال سروٗر۔ (جوٚہر)

بأ گرِتھ یِم موضوٗع چھِ شعریاتھ، تنقیدتہٕ لُکہٕ ادب ییٚترِ وکھرٕ وکھرٕ گوشن پیٹھ مُشتمِل۔شعریاتس منٛز چھِ لانجانیس، سرفلپ سڈنی تہٕ رِچرڈ ہنٛدبن ادبی نوقطہٕ نظرن مُتلِق موخصر مضموٗن شأمِل۔لانجانیس، سڈنی تہٕ رِچرڈس ہوی ادبی عأیلم تہٕ مأہرِ شعریات یِہنٛدبن نظریاتَن مُتلِق کأشرس منٛز سبٹھہٕ کم نتہٕ نہٕ کانٛہہ مولانکہٕ ون کرنہٕ چھِ آمُت۔ مےٚ چھِ یمن ترٛشوٗنی تنقید نِگارَن ہنٛز موخصر باوَتھ کرٕمٕژ"۔

لانجینس چھُ ترٛیمہٕ صدی ہُند اکھ بارٕ محقق یُس یوٗنأنی ادبک پرستار اوس۔ادبی تنقیدس مُتلِق چھِ أمی کیٚنٛہہ اصوٗل سرکھرٕ کرِمتۍ۔

یہٕ چھُ وَنان زِ ادبس تہٕ قأری یس منٛز گژھِ اَکھ ذیٚہنی رِشتہٕ قأیِم سپدُن۔ قأری گژھِ ادب پارس پیٹھ کتھ ہیٚکُن کٔرِتھ۔ ادب پارٕ گژھِ معیأری آسُن تہٕ یہٕ گژھِ پرن وألِس ہتہٕ وِسُن۔ أمی ہنٛزِ کِتابہٕ چھُ ناو (On the subline)۔ ادب پارن مُتلِق لانجنس تہٕ افلاطوٗن ہنٛدی خیالات چھِ رلان۔ادبس مُتلِق بحث کرنہٕ باپتھ چھِ ترٛن چیزن ہُند آسُن ضروٗری۔ادب، قأری تہٕ أدیب۔اعلےٰ ادب گوٚژھ یُس قأری یس پھِری پھِری پانس کُن متوجہ کرِ۔

شُرآہمہِ صدی ہُنٛد تھدِ شاعِر تہٕ نقاد اوس سڈنی۔ أمی سٕنٛز کِتاب (An apologie for poesie) چھِ ادبی تنقیدِ چ براثہٕ گٔنٛز مانہٕ یِوان۔ اے۔ اے رچرڈس چھُ تنقیدس منٛز اِوموکھ تھٔد مقام حاصِل۔ زِ أمی کوٚر "تنقید" علمہٕ چین تمن لنجن ہتیٚ وابستہٕ یم سائنٛسی طریقہٕ کار ورتاوان چھِ۔ أمی دِیُت تنقیدِ باپتھ نفسیأتی عِلم زانُن ضوٚروٗری قرار۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ڈاکٹر تلاشی گیٖت یعنے سور، پرتال تہٕ ووج زیرِ بحث اِنتھ اَکھ دِلچسپ مضموٗن بناوان۔ اصلو بیانٕچ کتھ کران چھُ تلاشی صأب وَنان زِ اصلوٗبیات چھُ فن پارکہِ صوتیاتی، حرفی، لغوی تہٕ نحوی تجربن ہنٛز کتھ کران۔ لِسانی تراین ہُنٛد مطالعہ تہٕ زبأنی ہنٛز ساخت وغأرٕ۔ کأشرِ بن رامایٚن ہنٛز کتھ کران چھُ مُصنِف تمن ساری نِے رامایٚن ہنٛز کتھ کران یم پرکاش رام کُرگامی سٕنٛدِ پتھ گانٛدربلہٕ کِس نیلہٕ کنٛٹھ شرماہَس تانی لیکھنہٕ چھِ آمتیٚ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ اَتھ کِتابہٕ منٛز پرمانٛدُن زبأنی ورتاو۔ مجوٗرُن قاصِد پیکر واو۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ رحمان راہی سٕنٛز نظمہِ "زنتہٕ اَکھ نظم" پیٹھ بحث کران، یُس مُصنِفن عرق ریزی سان تیار چھُ کوٚرمُت۔ بیٚیہٕ چھُ اَتھ کِتابہٕ منٛز جواہرلال سروٗر تہٕ چمن لال چمن سٕنٛز شأیری ہُنٛد ذِکر۔ اَمہِ علاوٕ چھِ ژ مضموٗن لُکہٕ کتھ کیٚنٛہہ خصوٗصیو، لُکہٕ بأتھ تہٕ جنسی رُویہٕ تہٕ دردِستان رِوِژ پٹھ۔

امر مالموہی صأبن چھُ "وکھنَے تہٕ وِرٕھنَے" کِتابہٕ منٛز نأدِم صأبنی قد اور شخصیت، تجربأتی بجر علمی تھزر، تخلیقی شوزرتہٕ رہنمأیی ہُند اثر کأشُر شأیری منٛز ٹاکارٕ وِرٕھنووُمت۔ لیکھان چھُ زِ اگر اسہِ نأدِم آسہِ بأریک بِینی سان وُچھن سُہ گرٕشہِ حأری ثاتھ ناوچِن ژھوچِن نظمن منٛز ژھارُن۔ یتھ جایہِ وأتِتھ نأدِمن پننہٕ مُشاہدُک، تخلیقی عملہِ ہُندتہٕ وونہٕ سُدرُک سٟنٛز دید مان چھُ تھووُمت۔

"کأملنی غزل" چھُ دوٚیِم اہم مضموٗن یتھ منٛز مالموہی کأمِل سٕندِ فنکارانہٕ، تخلیقی طور بُلند مرتبہٕ تہٕ فِکری پَس منظرس منٛز یہِ ہأوِتھ چھُ دِوان زِ کأمِل چھُ غزلہِ ہُند بابہٕ آدم۔

موتی لال کیموٗ سٕنٛز ڈرامانِگاری چھُ ترٛیِم مضموٗن یتھ منٛز کیموٗ صأبنن نومن ڈرامہن ہنٛز مدلل وکھنَے چھِ کرنہٕ آمٕژ۔ "ترٛنوو"، "مانگے"، "ناٹک ترُچ"، منٛزلی نِکہٕ"، راج ترنگنی ہِندِس پَس منظرس منٛز لیکھنہٕ آمت ڈراما "نگروُ دأسی"، "حرم خانک أنہٕ"، لل بہٕ دٕرا ایس لولرے"، "ژھاے"، "کأنسہِ ماروومُت ہے کیٛاہ گوم"، طوطہٕ[1]، "یِیلہٕ ڈکھ ژلن نیرتھ"[2]۔ یِمن ڈرامہن ہند ناوہٕ پرنہٕ پتہٕ چھُ نان زِ کیموٗ صأبن چھِ

---

[1] طوطہٕ تہٕ أنہٕ

[2] ڈکھ یِیلہِ ژلن

ساٲرے زِندگی ڈژ اما صِنِفکہ ناو وقف گرِمژ۔ ٲخرس چھُ مالموٗہی لیکھان زِ یوسہٕ توژ ھ تہٕ شوٗب کیموٗ ہَن ڈژ اماہَس دِژسو چھِ کاشِرس ڈژ اماہَس مُلکی سٔتھرس پیٹھ پرٛتیتھ بخشنچ ضاٲمن۔

ٲخری مضموٗن چھُ موتی لال ساقؔی سٕنز شاعری مُتلِق۔ مالموٗہی چھُ وَنان: ساقی سٕنز شاعری پرٕنہٕ پتہٕ چھُ باسان زِتَس اوس آگاہ یِلہٕ - داہ ؤری برٛونٹھ یِیمہِ واقعہٕک ذِکرسہ کران چھُ سہ آو برابر:

گُگر لگیٚمتی چھِ یتھ مندورِ ہیٚرِ بون
یِمن گیہِ واٲنس اَتھ کوٗران أندری
وَسان چھُس بورتھرٛ سہِ پش چھُس اوٕزان
کِنس کٔنی کٔنی کڈٕس یُس شیرٕ ٹٔلی پوٗک ......

(Drydon) تنقیدُک بابہٕ آدم مانُن تہٕ أمِس مُتلِق تنقیدِ نِگارن ہُند یہِ ؤنُن زِ أمی دِژ تنقیدس پرٛزنتھ ستی پرٕزناوی تنقیدن پٔنُنی موٗل۔ تِتھے کٔنی دِیُت ساٲنی بہلہِ پایہِ تنقید نِگار تہٕ افسانہٕ نِگار ڈاکٹر برج پریمی یَن بٔہلہِ پایہِ اُردو افسانہِ نِگارن کاشُر زبانی مَنز جاے یِمن افسانہِ نِگارن میج کاشرِس اَدبس مَنز پرٛزنتھ۔ مگر أمِس دِیُت نہٕ زِندگی زیادٕ کالس ساتھ۔ آلہِ نیرنے لوٗگُس تالہِ ژٔل۔ مگر پننہِ موخصر زِندگی مَنز یہِ کیٚنژھا أمی کٔرتھ تھوٚوسہ تھاوِ اَدبی تاٲرتخس مَنز أمِس ہمیشہ زِندٕ۔ أمی سُنْد سو پاٹھرلٔڑکہ

ڈاکٹر پریمی رومانی چھُ مرحباتہٕ تأریفن لایق زِأمی کٔری مأنلی ہِنٛدی مضموٗن جمع تہٕ کِتأبی صوٗرتس منٛز کٔرنی چھاپ۔ اَتھ کِتابہٕ چھُ ناو "وِیژھنے"۔

بیا کھ تنقیدی کِتاب یوسہٕ حال حالے بازرس درٛاے اَتھ چھُ ناو "تخلیق تہٕ تنقید" مُصنِف موہن لال آش۔ اَتھ تنقیدی کِتابہٕ چھِ ژور حِصہٕ۔ یَتھ منٛز نظمہِ ہُند اِرتقا، مُختلِف فلسفن ہُند اثر نظمہٕ پٮ۪ٹھ، وطن پرستی پٮ۪ٹھ جدیدیتس تانی فلسفی انہارن ہُند دِیُت ادوٚیت وادتہٕ رٮ۪یش فلسفہٕ، واکھن تہٕ شرٛکن ہنٛز مولہٕ آنکہٕ ون۔

سمپرتی کٔرزِوٚری برٛونٛہہ کٲشِرِ ہِنٛدِس "کلپ ورِکھش" دِینا ناتھ نأدِمس مُتلِق اَکھ اہم کِتاب شایع یَتھ ناو چھُ "عہد ساز نأدِم"۔ اَتھ کِتابہٕ منٛز چھِ نأدِم صأبنہٕ زِندگی تہٕ اَدبی کارنامن ہنٛز پوٚر زان آمٕژ کرناونہٕ۔

اَکھ تنقید نِگار چھُ نأدِم صأبَس مُتلِق لیکھان زِ نأدِم اوس "ہِملا کا پُرش" یعنے وتہٕ ہاوُکھ۔ سُہ اوس کٲشُر ادبُک میٖر کاروان۔ اَمہِ کِتابہٕ ہُند خوٗبصورت صفہٕ چھُ کأمِل صأبنٕ چھٹھی یوسہٕ تِمو کٲشِر کانفرنسہِ[۱] منٛز پرٕنہٕ

---

[۱] کٲشِر کانفرنس نہٕ بلکہٕ نأدِم صأبس مُتلِق آل اِنڈیا سمنار۔ (جوٚہر)

باپتھ سۆ زہرٕ اُس ۔ لیکھان چھُ "نادِم صأب اوس میون ہم قدم تہٕ ہم سفر۔ اَکھ اَکی ہِنٛدِس عأبس ثوابس اَسی پوٚرٕ پأٹھی اَنزی مٔنزی ۔ اِختلاف تہٕ اَسی سپدان ۔ مٔژکری تہٕ اَس گژھان ۔ مگر تہٕ اَستھ تہٕ اَس پانہٕ وأنی بێد اد مامے تہٕ مالے ۔ سُہ اوس اَکھ قد اور شخصیت یَمی نوٚو طرح تہٕ نوٚو موڑ دِیُت کأشُر شأیری ۔ اَمی ژُل جٔدید نظمہٕ دِس ۔ بلینک تہٕ فرٛی وٚرس سانیٹ تہٕ لوکچہٕ نظمہٕ (حأری ثاتھ) اوپیرا تہٕ دوٚ یمبن زٕ ژٕ شأیر ژن کرِن گوڈنچہٕ لٹہٕ کأشرِس ادبس ہِتی زان ۔ اَمی سُنٛد انداز بیان اوس تیوٚت سأدر وار جرار تہٕ پُرکشش زِ اکثر شأیرن پانس ہِتی ڈٔہتھ ۔ مگر اَمی سُنٛد اندازِ بیان گو اَمی ہے پتھ شروٗع تہٕ اَمی ہے پتھ ووت اند ۔ یہٕ چھنہٕ گفہ کتھاہ ۔ یہٕ مُقام چھُ خال خالے کأنسہِ پننِس اَدبی دُنیاہَس اند رحأصِل سَپدان ......"

نأدِم صأب اوس مارکسی خیالُک ۔ گوڈٕ گوڈٕ کر اَمی اَتھی اثرس تل شأیری ۔ مگر جلدٕ ے باسیوٚ اَمِس مارکس وادُک جامہٕ تنٛگ سَپدان ۔ اَمی دِیُت جامن چاکھ تہٕ اَکھ برپوٗر شخصیت آیہ اَسہِ برٛونٛہہ کُنہ ۔ اَمہِ پتہٕ وُچھ اَسہِ لفظن ہُنٛد جودٕگر کأشِر زبأنی تہٕ ادبس گوڈ بران ۔ تہٕ لُکہٕ کاروانس شیشد ربناوان ۔

لفظن ہٕنٛدِس اَمِس جودٕ گرس اَس کاشُر زبانٕ پٮ۪ٹھ بے مثال تھُھ۔ "محمد یوسف ٹینگ"۔

عظمتس مَنٛز چھُ سُہ لل دید پتہٕ دوٚیم درجہِ تھاوان۔ "موتی لال ساقی"

تٔمۍ سٕنٛدِ بوٚ اَتھولوٚب کاشُر زبانٕ تہٕ ادبن نوٚو زنم۔ "محمد یوسف ٹینگ"

مُشاعرن مَنٛز اَس ناَدِم سٕنٛز آواز زنتہٕ سہہ گرزان سورُے اوٚنٛد پوٚکھ اوس نٔشرنہِ لگان۔ "غلام حسن بیگ عارفؔ"

ناَدِم چھُ لفظی تہٕ علاقٲیی دوشوٕنی مانے ہَن مَنٛز شانہٕ بوٚڈ تہٕ قداور شاعِر۔ "شمیم احمد شمیم"

نٔوۍ اسلوٗب استعمال کرنس مَنٛز چابُک دستی تہٕ مضموٗنن ہٕنٛدِ نوٗرِ کنِ اوس ناَدِم ہم کالن بڑٕ وٕنہہ ہٮ۪رتھ گژھان۔ "علی محمد لون"

ناَدِم اوس بھگت سِنگھنہِ تحریکہِ ستی سبٹھاہ مُتاثِر اَمے کنِ دژ اَیہِ اَہنٛدِ قلمہٕ مَنٛز نارِ بڑٕ یہہ۔ "شمبھوٗ ناتھ بٹ حلیم"

اَتھ ناَدِم نمبرس یِمو نقادو قلمی تعاوُن چھُ آیتن تھووُمت تِمن مَنٛز چھِ ڈاکٹر رتن لال شانت، رتن لال جوہر، امین کامل، پروفیسر ٹی۔این۔

رینہ، ارجن دیو مجبوٗر، شمبو ناتھ بٹ حلیم، ڈاکٹر امر مالموہی، موہن لال آش تہٕ سومناتھ بٹ وِیر۔

سمپرتی ہنٛز بیاکھ تنقیدی کِتاب چھےٚ "اَز یُک کوٗشر ادب"۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھےٚ داہ مُقالہٕ۔ یِم کاشُر زبانۍ ہنٛد بوٚہلہٕ پایہٕ قلم کارَو تحریر چھےٚ کٔری متۍ۔ اَکھ مُقالہٕ چھُ ارجن دیو مجبوٗر سُنٛد ناوچھُس "لل دید اکھ نظر"۔ مجبوٗر صاب چھُ ترٛوآہمہِ صدی ہنٛزن زنانن لل دید ہنٛدِس وقتس ستۍ تقابلی مُقالہٕ کران۔ تہٕ ونان "یہِ کتھ چھےٚ اَسہِ کاروٗ گژھ بناوان زِ لل دید ہنٛدِ وقتہٕ آسہٕ سانہِ دیدٕ یوٗ رپہٕ چَن (Western) زنانن کتہٕ کوربڑ وٕنہہ۔ سانہِ زنانہٕ آسہِ تیٚلہِ سونہٕ ہنٛدۍ زیور لاگان ییٚلہِ نَہ یوٗرپَس منٛز امیُک تصوٗر رہِکہٕ ہاوٕکرِتھ۔ ہندوستانٕی تہٕ کأشری آسۍ زربکتر بناوٕن زانان۔ ~~داتھ ہنٛد استیمال~~، گوٗنکی ساز، دواسأزی تہٕ زہر گالنکی دوا۔ اَتھ وقتس تام اوس نَہٕ یوٗرپَس منٛز تہذیبُک گاش تہٕ دوٗتمُت۔

دوٚیُم تحقیقی مُقالہٕ چھُ ڈاکٹر شانت لیکھان۔ مُقالُک ناو چھُ "افسانس منٛز باوتھ تہٕ ورگہٕ باوتھ"۔ اَتھ منٛز چھُ شانت صاب ونان "افسانہٕ نِگار یہِ کیٛنٛہہ ہاونان چھُ۔ تتھ پتۍ کنۍ چھُ اَکھ گہرٕ مقصد آسان۔ مقولہٕ، تشبیہ تہٕ اِستعارو رتاوِتھ چھُ افسانہٕ نِگار افسانُک مقصدَرن والس

تاٗنۍ واتہٕ ناوان۔"

ترٛیم مُقالہٕ چھُ "ییمہِ ۂلچ کاشُر نظم "یُس امر مالموہی صابُن چھُ۔ یَتھ وقتس منٛز روو لفظن تہٕ مانین رِشتہٕ۔ تہٕ مُشاعرن منٛز شاعرِن ہُند اَکھ اَکِس "من تُرا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" وَننہِ کِنۍ گوشاعرن باسن زِ تِم چھِ آکاش کِنۍ تارکن مالہٕ کرِتھ نوٚن کہکشانن گاشہِ راوان۔ اَمہِ آیہ گوشاعری تہٕ سماجس رِشتہٕ ختم۔ "کاشرس ادبس منٛز نسٹلجیا" تحریر موہن لال آش۔ نسٹلجیا گو پتھ کُن نظر دِنۍ۔ اگر نہٕ کٔشیرِ پیٹھ ژٔلِتھ آمتین بٹن رامہٕ ژٔندرُن ونواس یاد آسہِ ہے خبر کاٗتیاہ آسہِ ہَن اَپہ مرٛتیوٚ سپدۍ متۍ۔ پتھ کالُک یہِ یادٕ ووٚتُر چھُ اِنسانس زِندگی ہٕند بن کرِ پھرِن ستۍ مُقابلہٕ کرنُک حوصلہٕ دِوان۔

ڈاکٹر رتن تلاشی سُند مضموٗن چھُ "اَزِچ ہم کال شاعری"۔

"...... بہر حال پتِمِس دٔہلس دوران تخلیق سپزٕ مژ یُس تہِ کم قٔلیل شاعری بڑ وٚنہہ گُن آمژ چھِ تمیک پیٹھی پیٹھی جایزٕ ہیٚنہٕ پتہٕ چھُنہٕ باسان زِ یہِ شاعری کیٛاہ چھِ اَمہِ بڑوٚنہہ جُدید شاعری نِشہِ یکسر وکھرٕ یا کانٛہہ الگ تہٕ نوٚو انداز ہیٚتھ ......"

ڈاکٹر پریمی رومانی سُند مضموٗن "ہم کال افسانہٕ کیٛنٛہہ خصوصیژ"۔ خصوصیژن ہُند ذِکر کران کران چھُ رومانی ونان زِ یہِ کتھ باونۍ چھِ

ضۆرۄری زِووٕنی ہیٚوٚتُن افسانن مَنٛز علامتی تہٕ تجریدی انداز ورتاونہٕ یُن
یِیمہٕ سٟتۍ افسانُک باڑوسبٹھاہ وُسوار بنہٕ۔

رتن لال جوہرُنٛد مضموٗن "ہم کال نثری ادبس مَنٛز طنزیہ لہجہ"۔
لیکھان چھُ یُہ نالس مَنٛز گوڈنیمہِ صدی قبل مسیح مَنٛز تنقید لیکھنُک
دُسلابہٕ۔ گوڈنیُک تنقید نِگاراوس آرکی لوکسن۔ تمۍ لیوٗکھ نِکمبس مُتلِق
تیوٗتاہ پُراثرتہٕ تیٖز تلُن وول منظوٗم طنٛز زِ سُہ سپُد پَنُن عیال ہیتھ خودکشی کرنس
پیٹھ مجبوٗر۔ یُس تنقیدی سمسارُک زبردس واَری دات مانہٕ چھُ یِوان۔
جوہرصاَب چھِ ہری کرٛشن کولنہِ یِمہٕ کینٛہہ سٕطر لیکھان یِمہٕ دِلچسپ
تہٕ معیاَری افسانک رُح چھُ مانہٕ یِوان:

"کٲشِرِ مَنٛز چھُ شاید ہاکھے یوت سُہ چیز یُس پٔرتھ موسمس مَنٛز
دٔسیاب چھُ آسان۔ یِنہٕ کٲشِر مَنٛزِ اِنسان تھنہٕ پھووتنہٕ موٗنگ تمۍ دیِس
دوہَے ہاکھ تہٕ بتہٕ۔ اَدِ مَنٛزی مَنٛزی یُہ دوَے بتہٕ کامِنٛز تہٕ گرنس ہاکھ تھوٚونس
دوہَے دٔسیاب"۔

"وراثت" چھِ کاٗشِر ادبُچ ہیٚلہِ پایہِ تخلیقی سۆمبرن۔ یوسہٕ ڈاکٹر
برج پریمی سٕندن افسانن، اِنشاین تہٕ ترجمن ہٕنٛز سۆمبرن چھِ تہٕ یوسہٕ
بقول رتن لال شانت "یِم مضموٗن تہٕ ترجمہٕ آسی سۆرگی برج پریمین کٔری مٕتۍ

یُس نہٕ زِندگی وفا کوٚر۔ یِم ادب پارٕ دِتی اَمی ہِندی سو پاتھرٕ نچوٗی ڈاکٹر پریمی رومانی جین ترتیب تہٕ کِتاَبی صوٗرتس منٛز گرِن وراثت ناوٕ کِس ٹائیٹلس تحت چھاپ۔ شانت جی چھُ لیکھان برج پریمی ہِندی پیٚتۍ نہٕ تہنٛز زِندگی منٛز شایع گامتۍ اَسی تیتۍ آیہِ تسنٛدِ سورگہٕ واس گژھنہٕ پتہٕ منظرِ عامس پیٹھ۔ یِمہِ خاطرٕ تسُنٛد شوٗبہِ دار سپوٗت پریمی رومانی تارٕیفن تہٕ آشیر وادس لایق چھُ "۔

کیٚنہہ اِقتباس افسانن ہِندی:

ژیٚے کتہِ آسی یادٕ سہٕ زوٗنہٕ گاش۔تہٕ کارتِکچ سووُبٲلی گاٹہٕ رات۔ییٚلہِ...... وونی کیٚاہ نیرٕ ژیٚے یادپاونہٕ منٛز۔یوسہٕ کتھ نہٕ پانس تام آسہِ سو کتھ کرنی گیہِ بےٚ مانے"۔
(ژھایہِ گتی)



راجن بُتھ چھُ زَن چنٛڈی روٗپ۔ مس پریشان یہے لوٗسمٕژ ہش۔ اَچھ بجہِ مگر خٲلی۔ بےٚ رنگ ماز زن چھنیوٗمُت۔کس ونہٕ یہِ چھےٚ سوے راجہِ یوسہٕ پکان اَس تہٕ وَتھ زَن اَس نوٗرٕ برٕژ گژھان۔ سوٗنہٕ تہٕ وِگنہِ زن آسہٕ

منٛد چھان......"

یہِ اُس برج پرٕیمی ہنٛدِ سراپا نِگٲری ہنٛز اکھ مِثال۔



رحمت کِنہٕ زحمت ٹیوٗشن کرُن:

ٹیوٗشن کرُن چھُ اَز زن تہٕ آنٛچہِ کارٕ بار کرُن۔ سأدمکارس پیٹھٕ نیٖبہٕ سوداگرس تام چھِ سأری ٹیوٗشن کران۔ ٹیوٗشن چھُ بُنیأدی طور ماسٹر سُنٛد میراث۔ تِہنٛدِ خأطرٕ ٹیوٗشن کرُن چھُ تیوٗت ضروٗری یوٗت بُلڈ پریشر خأطرٕ نوٗن کم کھوٚن چھُ۔ اُمی ہنٛدِ خأطرٕ چھُ یہِ رحمت......

اَتھ اِنشائیس منٛز چھُ برج پرٕیمی یَن سأری ہیٚے سمأجس پوسٹ مارٹم کوٚر رُمت۔ ماسٹر ہنٛز تنگدستی، خوجہِ گرن ہُنٛد اِصراف، سمأجس منٛز اُکِس ٹیچر سُنٛد مُقام وغیرٕ۔

اَمہِ علاوٕ چھِ اَتھ کِتابہِ یہِ خصوٗصیت زِ سعادت حسن منٹو چھُ گوڈٕ نٕچہِ لٹہِ کأشرِ اونہٕ آمُت۔ یہِ چھُ کأشرِس افسانہٕ دُنی یہس برج پریمی ہنٛز اَکھ ڈألی۔



# جلایہِ وطنی ہنٛز کأشِر شأیری

رتن لال جوہر

اَتھ موضوٗعَس پیٹھ کانٛہہ تذکِرٕ کرنہٕ برٛونٛہہ پیٚیہِ گوڈٕ یہِ وُچھُن زِ جلایہِ وطن گژھنکۍ وجوٗہات کیٛاہ اُسۍ۔ حالانکہ اَتھ مُتلِق چھُ پٔتِمبن باہَن ترٛوٗہن ؤریَن دوران بِسیار لیکھنہٕ آمُت اَماپوٚز ییٚتیٚن چھُ وٕنٛژھٕ پوٚژھ پأٹھۍ تمن وجوٗہاتَن ہُنٛد ذِکر کرُن لأزمی تِکیٛازِ تمہِ ورأے چھُنہٕ یہِ قطن تہٕ مُمکِن زِ جلایہِ وطنی دوران لیکھنہٕ آمٕژ شأیری مُتلِق ہیٚکہِ کانٛہہ سکہٕ رائے قأیِم سَپدِتھ۔ کأشِر ادبکۍ قد اور نقاد ڈاکٹر آر۔ ایل۔ شانت تہٕ چھِ ژٕھٕکھ سٕے أکِس موضوٗعس پیٹھ تِتھ کٕنٛز رائے زٔنی کران:

"جلایہِ وطن لِکھارین ہنٛدۍ فن پارٕ سمجنہٕ خأطرٕ چھُ یہِ لأزمی زِ تم محرِکات تہِن بدِ کڈنہٕ یِم جلاے وطن گژھنس پٔتۍ کٕنٛز کارفرما اُسۍ۔"

سأری سٕے کٔشیرِ اندر جماعت اِسلامی ڈٕسۍ لگاتار ترٕٛہن ژِتجہن ؤریَن جہادس تہٕ نِظام مُصطفےٰ رأئج کرنس مُتلِق تبلیغ تہٕ لٹریچر ڈٕسۍ شہرٕ گام

شدومدٕ سان کوٗشش جاری تھونہٕ کٔرِ:

اَمی جمأژ دٕسی فلاح عام ٹرٛسٹ کِس جھنڈس تل ہتہٕ واد مدرسہٕ قائیم کٔرِتھ تِمن اندر تعصُب، فرقہٕ پرستی تہٕ نہٕ صرف کشیرِ اندر بلکہ سأری ہے عالمس اندر درپردٕ جنگہٕ تہٕ جہادٕ دٕسی اِسلأمی اِنقلاب انہٕ کِس نِصابس پیٹھ بنی تألیم تہٕ ترٛبیژ کٔرِ، اَمی جمأژ دٕسی گامہٕ شہر اِسلأمی سٹڈی سرکل کھوٗلِتھ مودوٗدی تہٕ باقی فِتنل لِٹریچر عام کرنہٕ کٔرِ:

جمعیت اہلحدیث دٕسی واریاہس کالس مصلحتہٕ کٔرِ پانہٕ نو وُمٹ امن پسند وٗطیرٕ ترک کرنہٕ کِرٕ تہٕ سعوٗدی عربکہِ آثرٕ وادٕ تہٕ مأ لی مدتہٕ ستی شِدَت پسندی تہٕ جہأدی طرزِ سوٗنچ پانہٕ ناونہٕ کٔرِ:

اللہ والے جمأژ کالہٕ پگاہ گامہٕ شہر واتنہٕ تہٕ تِمن ستی آئی۔ ایس۔ آئی اجنسی ہندی اجنٹ ستی آسنہٕ تہٕ تِہندِ ذٔریہِ قریب قریب پرٛتھ مسجدِ اندر مذہبی تبلیغہٕ کِس پردس تل عوام اُلناس خاص کر حنفی طبقہٕ وُمبراتن ہُند آشتی تہٕ بقایہٕ باہمک جذبہٕ تہٕ سوٗنچ ترک کرنس کُن مأیِل کرنہٕ کٔرِ:

اخبار "اذان"، "ترجمان اُلحق"، "مُسلِم "نئ دُنیا"، "چٹان" تہٕ "کشمیر ٹائمز" دٕسی لگاتار شوشن تہٕ غلط اِطلاتن پیٹھ بنی دٔلیلہٕ تہٕ تبصرٕ شایع

کرنہٕ کٔنی:

شبنم قیوم سٕنز ناول "یہ کِس کا لہُو ہے کون مرا" منصوبہٕ بنٛد طرٛیقس منٛز نہ صرِف شہرن تہٕ قصبن بلکہِ دوٗر دراز گامن تام واتناونہٕ کٔنی:

ہالی وُڈ فِلم "عمر مُختار" بار بار سینما ہالن اندر رٲونہٕ کٔنی:

تہٕ سارِوے کھوتہٕ کٲشُر قومکہِ یورٛگُن ریٛہہ تہٕ تورٛگُن ٹیٛکرِ پھرِ نِکہِ مزاز کٔنی:

گیہِ کٲشرا اکثریتی فِرقچ اکثریت 1986 تھٔس تام وارٕ وارٕ تہٕ تمہِ پتہٕ سبٹھاہ تیزی سان پننہِ تہذیبی تشخُصہٕ، پننہِ ربوأیژ تہٕ سوچن تڑایہِ نِشہِ تیوٗتاہ دوٗر زِیہِ سپٕز پننہٕ نِس میراثَس تہٕ پننہِ نبن موٗلن پانے دژ وت دِنٕس تہٕ کُشیرِ نیٛبر دَر پردٕ ترتیب دِنہٕ آمتِس تتھ منصوبس سٟتۍ شامِل گژھنٕس بے قراریُس بوٗنٛدٕ وُقہٕ تہٕ بورٕوٕ دِکس بل بوٗلس پیٹھ بامِل اوس اُٹھن۔

1986 تک ذِکر کوٚر آمہِ سَبہٕ زِ اَمہِ وُری کِس شوٚرٕ ہس منٛز سپُد ضِلع اننت ناگس منٛز بیشتر جایَن تہٕ پُلوأمی ضِلس منٛز کُنہِ جایہِ کٲشرِس اقلیتی فِرقس یعنی کٲشرِس بٹس بُتھِ پھِن پیش پننہٕ والین حالاتن ہُنٛد اکھ ڈژس ریٛہہ سل۔ اگر چہ اِنتظامیہِ طرفہٕ بروقت کارروأیی تہٕ جہأدی خصلوٕ ہُنٛد کم پھِن چلیے جاو آسنہٕ کٔنی پتہٕ سأری سے لیٛوب تھوٚپ گو تاہم سپُد اَمِس

کاشِرس پُشتنی باشندس پنہِ نِس مُستقبلس مُتلِق تذبذُب تہٕ وسواس پأد۔ وون گوٚ پتہٕ موشیٖو ہتھوٚ ری یو پٔتھ حالاتَن ستی سمجوتہ کرُنک عأدی آسنہٕ کنہ لوگ اُمی بوٚ زِتھ زوٚ رتہٕ وُچھِتھ اوٚن تاکہ سو وِز پیٚیس نہٕ وُچھنہ یِیلہِ اُمس پننہِ ماتر بھوٗ می تہٕ پٔنن ٹوٹھ وطن ترٲوِتھ چھمبن تہٕ چھارن لگُن پیٚیہٕ۔

مگر 1989 کہ دوٚیمہِ نِصفہِ پٔتھ یہِ کیٚنژھا کٲشیرِ اندر ردر پرٕ مُرتب دِنہٕ آمتِس خاص منصوبس تحت سپُدن ہیوٚتُن تمہِ منصوبُک اَکھ لأزمی شرط اوس بٹہٕ ژلنس پٔتھ مجبوٗ رکرٕنی ۔ امچہِ عمل آوری خاطرِ سپز سیٚدِ سیٚو دکاروأیی شروٗ ع ۔ چنانچہ آیہِ گوڈٕ گوڈٕ ناو دارتہٕ اِسم داربٹہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ سرکأری مُلأزِم تہٕ عام مھوٗ م تہٕ بے خبر بٹہٕ کیٛو زنانہٕ دفترن منٛز ، بازرن منٛز ، ژوٗتبن پٔتھ ، کوٗ چن منٛز ، گرن اندر تہٕ یارٕ بلن پٔتھ بے دردی سان قتل کرنہٕ ۔ یوٗت زِ بٹہٕ نبن ہنٛز آیہِ گوڈٕ عصمت دٔری کرنہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ آیہِ تمہِ بنڈ ساہن پٔتھ چیرِتھ تانہٕ تانہٕ کرنہٕ ۔ اَمہِ ستی سپُد سأری سے بٹہٕ بِرقس پٔتھ اِنتہا درجُک خوف تہٕ وحشت طأری ۔ یِم وارے خوف زدٕ کرنہٕ تہٕ وطن ترٲونہٕ مو کھہٕ مجبوٗ ر کرنہٕ خأطرِ آیہِ پہنٛدبو گروبزٕ وتھی کنہ بڈی بڈی جلوٗسہ کڈنہٕ یِمن اندر رساسہ وادِ جنوٗنی کأشر بو علاوہٕ کیٛنہہ نقاب پوش بوندوٗ قہٕ بردارأسی آسان یِم وچھ ژاٹہٕ ژاٹہٕ تہٕ ووٹہٕ تُلی تُلی یِم فلک شِگاف نعرٲسی دِوان:

اُسی بناوَو پاکستان بٹو وراُے بٹنیو سان

لاشرقیہ لاغربیہ اِسلامیہ اِسلامیہ

بٹن ہُند بیول خُدا ین گول

کاُفرِن ہُند بیول خُدا ین گول

یہاں کیا چلے گا نظامِ مُصطفےٰ وغاٗیرٕ۔

ہوپاٗری آیہِ اخبارن اندر وتچھن وتچھن سُرخین تل بٹن فوٗری طور کشیر تراونچ دھمکیہِ شایع کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ آیہِ دروازن، تارِ کوٗٹن، مندرن ہندین دیوارن پیٹھ پوسٹر چسپان کرنہٕ زِ بٹن چھُ یا ژلُن نتہٕ گلُن تہٕ پزی پاٗٹھی آیہِ بے شُمار جواں کیٛو بُڈٕ اَتھ دھمکی پیٹھ عمل نہ کرنہٕ باپتھ گالنہٕ۔ گویا عدم تحفُظکی ساٗری سامانہٕ آیہِ یہندِ خاطرٕ کرنہٕ۔

اَمہِ فِرقہٕ کہ ذہنہٕ منز یہِ عدمہِ تحفظُک احساس دوٗر کرنہٕ تہٕ ماجن، بینین، کوربن تہٕ نوشن ہُند یزتھ بچاونس منز ہیکہِ ہے مقاٗمی اِنتظامیہ موثر رول ادا کرِتھ مگر افسوٗس! اَتھ ستی وابستہٕ بسیار اہلکار اُسی بُڑ ہنے نقاب پوش کلاشنکوفبن تہٕ تمن پیٹھ اَتھ تھون والین ہندی آلے کار تہٕ مدد گار بنیمتی۔ مرکزی سرکارٕ طرفہٕ ٗری پیٹھی سہلاب گوھنس تام پُر اسرار شونگ تراونہٕ پتہٕ اُس یمن پنہٕ نین حق ہمساین پیٹھ نظر۔ ہمسایو اگرچہ واریاہن

موقن پیٹھ ہمدردی ہاوٕ مگر تہندی حرکات وسکنات یعنی باڈی لنگویج اُس نہٕ تہندس گُفتارس ستی رلان۔ سیوٚ داوس باسان زِ اول یُس نفرتُک، فرقہٕ پرستی، شوشہِ تہٕ افواہ بازی تہٕ بٔ ندوٗقہٕ تہٕ بوروٗ دی جہادُک ماحول ژوپاٗری اوس تتھ کاٗنہہ روٚٹ گرُن اوس نہٕ تہندِ ڈٕسی ممکن۔ دوٚیم اٗسی تموٚمنٛز بیشتر تمہِ وولہٕر شہِ ہندی زبردس مَداہ۔ واریاہ اٗسی تم تہٕ یم نیٚبر کوٗہی واے اٗسی کران مگر ہوپاٗری اٗسی اٗنْدری اٗنْدری تِمن میٹنگن اندر شرکت گران تہٕ ہاں میں ہاں رلاوان یمہٕ کٔشیرِ تاہراج کرنہٕ باپتھ سَپدان آسہٕ تہٕ یمن میٹنگن انْدر سرحدٕ اپاٗرِمِبن جنوٗنی نقاب پوش ہتھیار بند جہادین ستی ستی مقاٗمی کلاشنکوٗفی تہٕ شاٗمِل اٗسی آسان۔ یم کاٗشری کُٹھ ژوٗرِ ژھیٚپہٕ اپور گژھتھ قتل تہٕ غارت گری، لوٗٹھ تہٕ اغوا، نارٕ نارٕ تہٕ مارٕ مارٕچ تربیت پرٛاوِتھ پھیرن اٗنْدری کنٛی کلاشنکوف تہٕ چندن منٛز گرینڈ برٕتھ واپس اٗسی یِوان تِمن اوس باضاٗبطٕ وَنہٕ وِتھ، شیرٕہن چھکِتھ، وٕدزاٗلِتھ تہٕ ہارناٗلی ترٛاوِتھ وٕژھ واٗنٛجہٕ اِستقبال کرنہٕ یِوان۔ یم حالاتھ وُچھِتھ کیاہ چارٕ اوس اَتھ بٕہٕ فِرقس یَتھ انْدر شاٗیرِ تہٕ باقٕی اُدیب تہٕ اٗسی پنُن گرٕ بارٕ تہٕ وطن عزیز ترٛاوِتھ جلاوطن گژھنس۔ خاص کرتمہِ راٗژ پتہٕ یَتھ مُتلِق ڈاکٹر امر مالموٚہی چھُ ونان:

"تہٕ اَکہِ راٗژ آیہِ دِلہٕ پیٹھ سرینگر تام اَکھ ساٗزِش کرنہٕ یتھ منٛز

سأری ہے پڑ زنٛژسورُے بُتھ نہناوِنہٕ آو......"

یعنی 19 رجنوری 1990 چھے راتھ یِمہٕ رأژ شہرٕ گام مٔشیدن تہٕ خانقاہَن اندر مگافونن پیٹھ ایلان گٔری گٔری کأشرِ بٹہِ کشیر جہادٕ ہن حوالہٕ کٔر۔ یِم سأری حالاتھ تہٕ یِہنٛدی نقوش سَپدی وطن بدر گأمتین تمام شأیرن ہٕنٛدین ذیہنَن مَنٛز پیوست۔ حالانکہ یِمن گوکینٛژس کالس وَتھ ہیوٚتہٕ باسیوکھ زِپننہٕ وطنہٕ دوٗرِ سیکِہ شاٹھن، ڈٔڑ ونَن، خمہٕ زَچن تہٕ دمہٕ کوٚٹھرہن اندر گو ظأہر یِہنٛدِ تخیلُک ناگرادر اَسی اما پوٚز زیٚیلہٕ نہٕ جلاوطنی ہٕنٛدہن یِمن دِلدوز حالاتن ستی کانٛہہ چارٕ لوٚگُکھ سمجوتہٕ کرنس یِمن ہیوٚتن سہ وتھ وارٕ وارٕ کُملن یُس وأنٛجہٕ اوسُکھ تہٕ یِہنٛز تخیلچہٕ وُزنہٕ ہٕتن بُر کھسنی۔ یِہنٛدس شأیری ہٕنٛدِس کنواسس پیٹھ سَپُد تہٕ سُو رے کیٛنٛہہ نموٗ دار یُیمہٕ یِہنٛز حسیت (sensibility) شِدتہٕ سان مُتأثرٕ اَس کٔرمُت۔ مثلن:

۱۔ جلاوطنس پتہٕ کنی کارفرما محرکات۔

۲۔ جلاوطنی ہُند عذاب۔

۳۔ پنٛن وطن عزیزتہٕ ومبُراتن ہُند گرٕ، پننہٕ تم وتہٕ، پنٛنی استھاپن تہٕ ناگہٕ بل، تم شرٛوٚژی یارٕ بل تہٕ ڈٔریاو، بونہٕ شہجارتہٕ دِروار، ون تہٕ کوہ، یار تہٕ ہمسایہٕ راونٛک تیوٚل۔

۴۔ تاپہٕ کرٕ ایَن اند رتتہٕ کہِ شۄہجارچہٕ میچھِ یاد۔

۵۔ ساسہٕ وادٕ ری پڈ ون کوشُر تہذٖیب تہٕ کلچر بورٕ د بُڑی گرٕ ھنگ دوکھ۔

۶۔ برٕ ٚسس بےٚ برٕ سی گرٕھنٕ یعنی وِشواس گھات سپُدن۔

۷۔ کشیرِ اند رتَشدُد، نفرت تہٕ غاٗر کوشُر جنٔ نی انہِ گوٚٹ دٕ رگرٕھتھ حق، اِنصاف، بأے براڈری تہٕ رواداری تہٕ پنہٕ نِس کاٗشرِس تہذٖیبس تہٕ تمدُنس پیٹھ منی سُے پرُون کشمیر ییتھ جذبہٕ وول صُبح پھولنچ آش تہٕ پڑھ بیٚترِ۔

کینٛہہ مِثالہِ چھہِ یمہٕ:

ارجن دیو مجبوٗر:

شورٕ بٕری تِس آنگنس
حبہٕ پکھ ساٗ ہے
ریٚش وارِ ازٕ لجھٕ چھےٚ بٕ لی......
چھی گرڈ بالن نژان
تژٕ ڈٕنہٕ دِنے پتہٕ رتھ چنٕے......

موتی لال ساقیؔ:

پۄد زَن ژاوو پۄد ماسٲ دزِ
برمُژ راوو ژٕٹھ ماسٲ وسہِ
اَچھ زن ژلہِ ہَووٕسی ماسٲ پیٚن
بازٕری پکہِ ہَو بم ماسٲ پھٹہِ
بر دِتھ بیہمَو ہوٚٹ ماچیرن
اَچھ کٔرِتھ نِن زنگہِ ٹکراوَن
بُتھ نہناوَن زِ پھُٹراوَن
لِترِ کھشَس تل ترِ پچہِ کرنم
گرِ ترووُتھ نا؟ وُنہِ چھُکھ بہتھے
موچ وارنٹ لیکھان اَسی ......

مکھن لال کنولؔ:

کاوٕ کاکن نیٚوٗ کُنے دِگہِ
ژھوگ پژٲتھ بُلبُلس
کٲر تھوٚد تھاوِتھ ووٚنُن
اَسی مسا واتکھ چھِ پاٲروَ
شیٚچھ کٔرِو جانا ورن ......



یُس ؤسُے تور تہٕ کٔدلہِ ڈھوٚٹھ پڑوٚتُن
یُس ؤسُے دپاں مےٚ زیٖوٗن درجاتھ......



نوجوانو جِنہٕ نژُن کوٚر رہَس ووپر دستار دِتھ
سونٛچ پر دارُک منٛگِتھ اُنی ہٕڑ گنِس
جولہِ مَنٛز نیٖرِتھ بُچھان ......

واسدریہ پھے چھُ یمن دون بندن مَنٛز تہٕ سورے باوان یہٕ تِمو دیٖد مان ؤچھ:

شہمارِ ے ووٚتھو کرِکہ ناد کوٚرُکھ
یہٕ چھُ سرفہٕ زہر تہٕ یہٕ کیٛاہ ونہٕ ہکھ
گوڈ نہنو وُکھ پتہٕ یاد کوٚرُکھ
تمہِ لرِ ہُنٛد بر تہٕ یہٕ کیٛاہ ونہٕ ہکھ



کٔمی تامَتھ ووٚن سوے مَسول ہا
کہٕ تامَتھ پدِ لے بٔیول ووٚون
کھل کھورُکھ تِتھی ہلکاری پھَلس
تِتھی لوٚگ بازر تہٕ یہٕ کیٛاہ ونہٕ ہکھ ......

موتی لال کول ناز:

دوسوٚ دِتی آنگنس پژتھ آنگس ژھبن
پٔتو لوس تہٕ مِلہٕ ژارس کرِتھ زہن
نچو نظرو نچ وٚسعت چھِ ژھاران
کھوان دَب توتہٕ روزان مایمن ہبن ......

چمن لال چمٓن چھُ "بارٕ دود" عنوانچ نظم لیکھِتھ کشیرِ ہنٛزِ اَتھ وولٕہرِ شہِ اَکس تِتھس بیمارس سٕتی مُشابہت دِوان ییمس نہٕ ووٚنی آپریشنہٕ ورأے کہین تہِ اندِ تکیاٚ زِ دود چھُ سبٹھاہ اندرر رگن منٛز سیٚد یوٚمُت تہٕ زہر بٔنیوٚمُت:

یہِ چھُ کوہنہٕ بیمار
اَمِس چھُ گوڈَے یلاج غلتھے گوٚمُت
اَمِس انٛدِ نہٕ دوا پھلوٚ سٕتی کہین
رگن منٛز چھُس زہر سیٚد یوٚمُت ......

یہِ دود چھُ بارٕ دود
یہِ چھُ بأنہٕ بأنہٕ وٚچھن ......
اَمِس چھُ آپریشن لأزمی ......

موہن لال آتش:

کرٛکہٕ ناد

دپاں بم چھُ پھوٚٹمت

دٕ ہہ ژلہٕ لارِجاز سکھران

آو ریٖنہِ الاو پزٔتھ انٛدٕ موتھ

پزٔأنی ورق دزان قدرٕ پھُٹان

نارٕ ے نارخُدا گوٚ ژھ خأرگرُن......

رتن لال جوہر چھُ اَمی حالژ ہنٛز یتھٕ پأٹھی باوتھ کران:

کیٛاہ سنا گو کرِژھ سنا آواز گیہِ

ٹاس گو موٗتن مکانن شیشہِ پھُٹؠ

دٕ ہٕ دٕہے دٕ ہہ کرٛکہٕ ودَن چکہٕ باکہٕ باکھ

سڑکہِ کِنی گاڈہن انٛد رلاشن زوان......

بال کرٛشن سنیاسی:

ناگہٕ جویہِ چھُ زہر تیلان ہنا کھوٚژِو

زاگہِ رویہِ چھُ قہر تیلان ہنا کھوٚژِو

گُل چھُ موٗران پوٚرِی کِنی سِریہِ کھسہٕ وُن

وسہٕ وِنی وُڈٕ رکران ایلان ہنا کھوٚژِو......

تیج راوَل چیس چھُ تخیلُک کس سُدرس یِہ ڈُیِ زِ تہٕ طلاطُم و وتھان تہٕ تس چھِ
انتاہ کرنہٕ پیٹھ بے وایہ کڑکھ کھسان:

مأتزِ پدبن چھو کھ مے ژھنٛگھ سو رمہٕ اُچھن سۄ ربۄ رُکھ
لۄٹہٕ نیۄہم سازٕ گرِس وان پدبو کور ژلو

(یا)

یَس اَتھِ خنجر تیر تہٕ تیغ
تَس بڑ وٚنہہ کنہِ کتھٕ کٔنی کرٕ واد

جلاوطنی دوران یمہٕ زنانہٕ گونماتھ بروٚنہہ کُن آیہِ تِمن منٛز چھِ سُنیتا رینہ سو
واحد شأیرِ یوسہٕ عصری آگہی ہیتھ باہوش وحواس نہٕ صرِف حالاتن سام چھِ
ہیوان بلکہِ تِمن بُتھِ تہِ لگان۔ اگر نہٕ یہِ واریاہن جایَن مردانہٕ لہجہِ اختیار
کرِتھ شارونہِ ہے تہٕ پَتن نسوأنی تشخص راوٕ راوٕ ہے یہِ ہیکون نسیم شفأیی لرِ لۆر
تھٲوِتھ مگر خبر کیازِ پہوتس پتہٕ جان شأیری یِہ کرِتھ لوٚ ژردیُن۔ بہرحال وَنان چھےٚ:

بربأدی ووتھو دیٚاوان گےٚ
جشنس پیٹھ جشنہٕ مناوان گےٚ
مرنک ماتم نَے حأرأنی
مرنک سامانہٕ بناوان گےٚ



گیہِ نارِچ ہش کرٛکھ اگرٕ نگر
وۄن لۄکو زۄلُکھ پۄرٕ شہر
گو مُشکِل یزٕ لتس رأچھ کرٕنۍ
وۄن گاڑٕلی أکی نتہٕ کھمو زہر
ماہ پارن گنٛزُکھ دل تہٕ جِگر
ترٛہرأوِکھ ہے ہے تُلُکھ قہر

دُروے پالیسی تحت یُس وِشواس گھات سَپُد تتھ مُتلِق چھےٚ یتہٕ پاٹھی باوَتھ

سپنٛز ہنٛز:

مکھن لال کنوٓل:

سمن بل شورٕ بُزی کوٚر چالبازوَ
بنو شمشانہٕ ون باکوٚت گژھُن چھےٚ
مُسأفِر پانہٕ ون باکوٚت گژھُن چھےٚ ......

روگناتھ کوٚستوٓر:

مےٚ راتھ تامتھ نہٕ أدی تامتھ
وۄنُن سبٹھاہ چھم مےٚ ماے چأنۍ

یُتھے بڑتُڑا گو وڑُن خبر کیاہ
پھِرِن مے کُن تھر زمانہ بدلیو

موتی لال ناز:

دوہَے رہبر بنتھ پلزییہ رہزن
ووں زن نُگر رتھ ونکھ ییتہ مارنَے ئلی

تیج راول:

دوہ دانہ مے سونہ کھونہ للہ نووُکھ
ٹوپھ دِژ تھم دڑاہم سُر پھا ہیئو

رتن لال جوہر:

پُتی کنِی شانن بوڈِن شڑاکھ
بڑونہہ کُن آمُت لُا رگتھ مایے

دزونین صحراون اندر روو تھُس یہ ڈیلِ زِتہ مُسلس تہ کزاڈُن۔ ییتھنے ہو بن باقی دولابن ستی ییلہ مُقابلہ کُرن پئوس جارِس پیٹھ آس۔ ییتہ اکہ پاسہ ارجن دیو مجبور تہ کس شیہجارس پیٹھ پاٹھی نادلوے:

تتہ گرڈشے تہ متہ گٹہ کارو
شیہجارو یؤرِی وولو

ژٕدی ہِتہٕ نٕے انتہٕ بہارو

شیٛہجارو یئری وولو

تہٕ ژٕج دوٚیمہِ پاسہٕ موتی لال ساقیؔ لیس بانہٕ پھوٚٹ ہتھ گراکہِ کوچہٕ تہٕ

گرابیٛہٕ کوچہِ اژان تہٕ نیران بے ساختہٕ کرژکھ نیرِتھ:

نبتھِ نوٚن اَتھِ چھوٚن دژاس بہٕ کوٚت گژھ

بُژٕ ژٕ بُژٕ ژٕ چھُم تلواس بہٕ کوٚت گژھ

تہٕ کأشِر تہذیبہٕ کین مؤلا دارن یادٕ کرِتھ کوٚرُن واویلا:

لل تہِ چھِہ تٔتی نُنٛدٕ بب تٔتی لر دِتھ

کأنہہ چھُنہٕ کرنس پاس بہٕ کوٚت گژھ

ژُل مُل، پرِبتھ تٔتی ریٛش مالیُن

پدِ پدِ ییٛتہِ کہی کاس بہٕ کوٚت گژھ

پرٛوفیسر پی۔این۔ پُشپؔ صأبن کھوپہٕ ژٕنتھ ہأپھ:

بُتھِ گرِدابا ہٕتی کُنی چاہ

شاہ پھیرٕ کرِ ہو چھا جاگاہ

مکھن لال کنوؔل:

پژتھ طرفہٕ وُہان نار نارٕ ے نار دۆ دُس ہو
پژتھ سایہٕ بُسر واو تیپے بے عار دۆ دُس ہو
ژٕ تأو گمژ زۄنہٕ وُہاں ہِر یہٕ نصِف رأژ
تارکھ چھِ ژھٹان تمبرِ ورفتار دۆ دُس ہو

موہن لال آتؔش:

ہے دۆ دُس ہا نیلہٕ ناگک تژیشہٕ داماہ اکھ دِیو
کاثہہ چھنا سینگتانس اندر بوزان آواز میٲنۍ

جواہر لال سرؔور:

سیکہٕ صحراواوند پۆک سوُرے کنہٕ بالن ژٕ زمژ تال
کم پوشہٕ چمن منسأوِتھ اُسی آمتی روزِنہٕ کور

بال کرشن سنیاسؔی:

تیٖمہٕ بالہٕ یپأری چھُ سیکہٕ صحٕراو
چھگ ئژ تہٕ یہٕ کوتر کھیوٗل تو ریوٗری
گرٕ پتہٕ گرٕ برٕ گیہٕ انہٕ ہأری خاب

پیارے ہتاشؔ:

صحرأوی وتن بس نار وُہاں صحراون منٛز کتہٕ درِ جنگل
سیٛکہِ شاٹھ فقط چھِم دزٲنٹھی یِوان اَمہِ شرٕ ما أندری مرِ جنگل

تیج راولؔ:

یێتہِ نظرِ گڑھان چھُم ژوأپأری سیٛکھے سکھ
کتہِ روٗد سُہ سبزار، ہوا، مُشکہِ برِتھ گُل

رتن لال جوہرؔ:

تاپہٕ کڑاین دۄد بدن شیہلاوِ کُس
شامہٕ ژھاین پھۄر ژلاں ٹھہراوِ کُس
تاوِ لد جوہرؔ چھُ أٔژر شاند زن
آبِ زم زم أہرٕ بلہٕ اناوِ کُس

تِتھے پأٹھی چھِ شمبھو ناتھ بٹ حلیمؔ، ہردے ناتھ کول رِندؔ، برج ناتھ بیتابؔ، نارائن کول یار باشؔ، کاشی ناتھ باغوان تہٕ پریم ناتھ شادؔ بێترِ ہنٛزٕ شأیری اند ریم فٔری یاد تہٕ اہوزأری ٹاکارٕ پأٹھی تٔژ۔

جلاپہِ وطنی دوران چھُ شأیرن ہٕندبن ذیہنن اند رراون تیوٗل تہٕ کٔشیرِ کنیو پنہٕ نِس گرِس تہٕ أندی پکھِس ہتی وابسطہٕ یادِ یعنے ناستالجیا پھیری

پھیری یتھ یہنٛزِ شأیری برابر مُتأثر کران:

ارجن دیو مجبوٗر:

کاش بہٕ تہٕ اکھ جانہٕ وارا آسہٕ ہا
ماشہِ مأرِتھ نیرہا
تاوٕنہٕ بازآری ژوٗری شی گٔرِتھ......
بالہٕ تھنٛگن پٮ۪ٹھ بے پھرٕک و وشلا گٔرِتھ
ناگہٕ تژ یشا چیتھ سونٛدرریش وارِ منٛز
پٔننے لرے پٮ۪ٹھ کن درے اَکی سے گرے کرِہا قرار......

مکھن لال کنوٚل:

ہٕ شُرٕ کھ تے واکھ سرگم چھم چھما چھم
سیٚنگستانس اندر گس باو وتم

موہن لال آشؔ:

موج میٲنی بانہٕ کُٹھِ چھے دانہٕ ہٹی کٔنی پوشہِ مال
سوٚنتہٕ کالس منٛز وُچھکھ ییٚلہِ ٹیکہٕ بٹہٕ نٮ۪بن ہٕنز پھلے
سٔندریجہِ ڈوٗرِس منٛزی پٔکِتھ ژِ یے وأتی زبم ادِ تژ اگہٕ بل
لٕل بہٕتھ چھے دردِ بونٮ۪بن تل تہٕ ڈٔنی زبس زار میٲنی

تیج راوَل:

گوٚڑہ پوشہِ وناہ ڈُلگٕنی دِمہٕ ہا    وتہِ وتہِ پھیرِتھ کتھ وُنی دِمہٕ ہا

(یا)

تتی تھر بن تل شُہُل مکانا اوس    کیاہ زمینا آسمانا اوس

جواہر لال سرُوٗر:

کیاہ ونَے کوٚتاہ ونَے چھم ہول گومُت یتھ دِلس
ژھالہِ گوٚژھ ہا بیٚیہِ بہٕ تتھ ریٚش وارِ منٛز
بونہِ شِہلس تل ہِتھ دُز ہِژ یہٕ تن شیٚہلاوِ ہا
وارے چھس پرژھیٚون تہٕ کتھ کرِ بہٕ وُژو

پریم ناتھ شاؔد:

راون تیٚول للہٕ ناوُن پیٚوم
اسوٕنہِ ہونٛجہِ اوٚش تژاوُن پیٚوم
بونہِ شُہُل بزمہٕ راوان روٗد
نارِ بزہن وچھ چھاوُن پیٚوم

موتی لال مصروٗف:

وُنہِ مےٚ کل چھم ناگہِ بلچی
وُنہِ مےٚ ہاوس چھم گرٛشھن
وُپھ تُلِتھ گرٛژِھ ہا دِگوم

اَمہِ علاوٕ چھِ جلاوطنی دوران تخلیق سپز مژِ کاشُر شاعری اندر واپس گرٕ گرٛژھنچ کل، پنہٕ نبن موٗلادارن پیٹھ یژھ تہٕ پژھ، اُشناون تہٕ خاندانن ہُند بکھراو، کشیرِ اندر پرسوچس تہٕ کلچرس و وتھبوٗلگنس پیٹھ افسوٗس تہٕ کانٛسہِ بڈ شاہ ہوِس حُکمرانہٕ سُند بارسس پتھ کشیرِ ہُند الوٕ دِسپد مُت ہوا نواتہٕ ماحول نیس ناہٕ دگرٛژھنچ وومید گرٛاپہِ ماران۔ اگرچہ اَمہِ نبر تہِ چھُ کم کاسہِ لیکھنہٕ آمُت اَماپوٚز تتھ اندر تہِ چھِ یم حاٖری شاتھ اکہِ نتہٕ بییہِ رٔنگی ژھاپہِ گژھ کران تکیاز شاعرٕ ہندِس (Sub conscious) یعنی تحت الشعوٗرس اندر چھُ یہِ سورُے کینٛہہ اُرگرِتھ بہتھ۔ آبیاکھ اہم کتھ۔ سو یہٕ جلاوطن شاعرو گرٛیچ تہِ باوِتھ یہِ ہوپاٖری کشیرِ اند رسپدان روٗد۔ گویاہِ بنو کشیرِ اٖندرِ مبن تمن حالاتن ہُند تہِ ترجمان یم تتہِ روزن والبو شاعرو خوف، وحشت تہٕ زوٗلرٕ کنہٕ ہیکی نہٕ سیدٚ سیوٚد باوِتھ۔ یژھ مِثالہٕ چھےٚ بسیار اگر تمن ہُند تہِ حوالہِ دِنہٕ ییہِ یتھ مضموٗنس لگہِ طوٗل۔ چنانچہ چھُ جلاوطنی

دوران کأشُر شأیری ہُنٛد یہِ موضوٗع سبٹھاہ وَسیٖع تہٕ اَتھ پٮ۪ٹھ پأٹھۍ جأیزٕ ہیٚنس گژھ کم سے کم اَکھ وٕری آسُن۔

جلاوطنی ہنٛد بن پٮ۪تمین ترٛواہن وٕرین دوران پیٚیہٕ بے وطن شأیرن ہٕنٛز قریب پنٛژہہ کتابہٕ شایع گژھتھ معرکس قتر۔

ووٚنۍ یوٚت تامتھ بکھتی یا سِری شأیری ہُنٛد تولُق چھُ، جلاوطنی دوران سپٕز اَتھ اندر ریہَے کراماتھا ہش تِکیازِ یژھ شأیری کرن والین شأیرن ہُنٛد تیداد گو یکدم ہُران۔ یِیٚتہٕ کٲشرٕ اندر رٕحض کیٚنٛہہ شأیرٕ مثلن کاشی ناتھ باغوان، پرتھوی ناتھ کول سایِل، پوشہٕ بب تہٕ بھاگیہ وان دید بیترٕ یِژھِ شأیری خأطرٕ مشہوٗر أسۍ تہٕ ووت یہِ شأیری تخلیق کرن والین ہُنٛد تیداد ڈوڈ درجنس تام۔ کیٚنٛژو وتمو شأیرو تہٕ لوگ اتھ وتہٕ پتہٕ پٮ۪کُن یمہٕ کٲشرٕ اندر راورُن گأمتۍ أسۍ۔ مثلن مکھن لال کنوٗل، موتی لال ساقی، جواہر لال سروٗر تہٕ پریم ناتھ شاد بیترٕ۔

اَکھ تأجُب تہٕ مسرتُک کتھ چھےٚ یہِ زِ اَکِس پتہٕ اَکھ آیہٕ پانٛژھ تمہٕ زنانہٕ شأیرٕ برٛونٛہہ کُن یمہٕ بکھتی شأیری لیکھان چھِہ۔ یمہٕ چھےٚ شریمتی بملا رینہ، گرِجا کول، چندرا ڈاسی، سنتوش شاہ تہٕ موہنی کول۔ یمو منٛز چھُ موہنی کولہِ ورأے باقی ژورَو لوکچارٕ پانہٕ پتہٕ اَکے ناگُج تریٚش چیٚنٛو۔ أمی تہٕ

مالہِ تہٕ بھا گیہ وان دیٚدِ پتہٕ بٔنہِ شاعِرن ہُند جلایہِ وطنی دوران بار سٕسس ییٚن چھُ اَکہِ برپوٗر نفسیاتی تجزِ یچ منگ کران۔ بکھتی یا سٕری شاعِری چھِ زمانہٕ مکانہٕ کہِ قاعِدٕنش آزاد آسان لہٰذا اچھ نہٕ اَتھ پیٹھ جلاے وطن گژھنس یا باقہِ دُنیاوی حالٕچ شاتَن ہُند کانٛہہ اثر ہیوان۔ یِژھ شاعِری مَنٛز چھےٚ نہٕ وقتی دولابن کانٛہہ اہمیتھ بٔلکہِ یہِ کیٚنژھا سپدان چھُ یا سپدِ سہٕ چھُ سورُے دَیہِ اِچھا یعنی کردِ الاہی۔ یِتھی شاعِر چھِ عصری حالاتھ تہٕ واقاتھ پسِ پُشت تراٰوِتھ تہٕ یہِ دُنِٕ زِتہِ لوٗب رُوٗزِتھ شاروَنان تہٕ رُوحانی تسکیٖن پراوٕنٕچ کوٗشِش کران۔

یِژھِ شاعِری پیٹھ مبنی تہٕ سیزٕ جلاے وطنی دوران وُنیک تام وُہ کِتابہٕ شایع۔ یِمن اندر کینٛہہ دوشوٕنی کاشرِ رسمہِ خطن یعنی نستعلیق تہٕ ناگری یَس مَنٛز چھاپ سَپدییہ۔ یہِ وُنی چھُ ییٚتھین ضرُوٗری زِ کاشرِ خاطرِ ناگری رسمہِ خط چھُ دوٕنی عام پاٹھی اِستمال سَپدان۔ اَتھ خطس مَنٛز چھِ باضابطہٕ مرکزی سرکارٕکی اِدارٕ تہِ کاشرِ کِتابہٕ شائع کران تہٕ کوٗشِش چھِ جاری زِ ریاستی سطحس پیٹھ تہٕ ییہِ یہِ سرکاری طور تسلیم کرنہٕ۔ بکھتی تہٕ صوٗفی شاعِرن مَنٛز چھِ بزجہِ ہاٹی، روشن لال روشَن، پریم ناتھ پریم، مدٕسدن رازدان، بدری ناتھ ابھلاش بیٚترِ تہِ قابل ذِکر۔

جلاۓ وطنی دوران آیہٕ ژُھمبکھ نارِ روژن تہٕ خانٛدرٕ بأتھ تہٕ لیکھنہٕ۔ یِم بأتھ چھِ لٕکہٕ بأتن ہنٛدی پأٹھۍ آسان تہٕ ہلکہٕ پھُلکہٕ زبأنۍ منٛز ییٚمہِ کِنۍ یِم عام سَپدی تہٕ اَز کل چھِ بٹہٕ خانٛدرن پیٹھ جایہِ جایہِ بڑِ چکہٕ چاوٕ سان گیوٚنہٕ یِوان۔ یِتھۍ بأتھ لیکھنَس منٛز رٕوٚدی کاشی ناتھ باغوان، پی۔این۔کول سائِل، جواہر لاسروٗر، پریم ناتھ شادتہٕ پریم ناتھ پریم پیٚش پیٚش۔



# جلاۓ وطنی تہٕ اُردوٗ ادب

ڈاکٹر پریمی رومانی

ترجمہٕ کار: شری پی۔ ابن۔ شاد

نامور اُردوٗ شاعر پروفیسر جگن ناتھ آزادٕ سنٛز شارٕ سوٚمبرن "وطن میں اجنبی" یُس ہٕ اَز بڑ وُنہہ تقریبن 40 ؤری شایع چھےٚ سپدٕمُت پَرِتھ وِتلوٚ میانِس ذیہنس منٛز یہِ سوال زِ اَما پننِس وطنس منٛز تہِ ہیکیا کانٛہہ اجنبی اَسِتھ؟ مگر وونی ییلہِ زَن بہٕ پٔتمو 14ہو ؤری یو پیٹھٕ پانٕہٕ پننِ ہے وَطنس منٛز مہاجرٕ سنٛز زِندگی گذُاران چھُس۔ مےٚ سپدٕ پننِس تتھ سوالس جواب ژھانڈنس منٛز آسٲنی۔ پننِ وطنٕ نِشہِ دوٗر روزُن کس کرِ خوش، خاص کٔرِتھ تمِہ وطنٕ نِشہِ یتھ مُتلِق اُردوٗ ہٕکی نامور شاعِر پنڈت برج نراین چکبستن سبٹھاہ بڑ وٕنٛژھ وٕ ثمت اوس:

ذرہّ ذرہّ ہے میرے کشمیر کا مہمان نواز
راہ میں پتھر کے ٹکڑوں نے دیا پانی مجھے

وطنکہِ داڑ یک تہٕ تیٚلیک اِظہار کران چھُ غالبن تہِ اَکہِ لٹہِ وۆنمت:

مُجھ کو دیارِ غیر میں مارا وطن سے دوٗر
رکھ لی میرے خدا نے میری بے کسی کی شرم

تِتھے پاٹھی چھُ علامہ اقبالَن تہِ پننہِ شاعری منٛز جایہ جایہ غریب الوطنی ہُند اِظہار کوٚرمُت تہٕ وٲنِج ژٕٹن والو شار وٕستی یہِ دود پُر اثر لفظن منٛز بوومُت۔ اَکِس جایہِ چھُ وَنان:

غُربت میں ہوں اگر ہم رہتا ہے دِل وطن میں
سمجھو وہیں ہمیں بھی دِل ہو جہاں ہمارا

یِمَو مِثالو ستی چھُ ییمہِ کتھِ ہُند واشگاف سپدان زِ اَکِس حساس فنکارٕ سٕندِ خاطرٕ کیاہ چھُ غریب الوطنی یا جلاے وطنی ہُند مانے مطلب۔
1990 یکس شوٚر وٕعس منٛز لوٗگ کٔشیرِ منٛز ظُلم و جبرُک، بربٔری ییتک، قتل و غارتُک، خوفُک تہٕ حیوٲنی ییتُک جن اچانک رٕقص کرنہِ۔ وُچھان وُچھان تہٕ امُیک دردناک سایہِ ہیوٚتُن دوٗر دوٗر تام پھٲلُن۔ پنٕچ معشیت تباہ اَلے یہِ سارٕے کٔشیر ژکی۔ پژتھ دوہہِ کُبَم دھماکو ستی آیہِ شعبن پٕھٹھ۔ لائبریری یہِ آیہِ کرنہِ۔ امیک اثر پیو زِندگی ہِند بن سارِنے نار بُزی کرنہِ۔ تالیمہِ ہُند نِظام سپُد سخ مُتاثر۔ اَتھِ رٕوٗسی نوجوان، بُڈٕ،

زنانہٕ تہٕ شُری آے مارنہٕ۔ کاشری بٹہٕ آے بندوٗق کہِ ہیمہٕ ستی پینڈ پُرن ترأوِتھ ژلنس مجبوٗر کرنہٕ۔ تہٕ تتہِ پیٹھٕ ازتام چھِ یم لوٗکھ مُلکہٕ چین بیٚون بیٚون ریاستن منٛز عام پأٹھی تہٕ جوٚمہِ کس اوٚندپکھس منٛز خاص پأٹھی مہاجر ہیٚنہٕ ہنٛز زندگی زُوان۔ یِمو انسأنیت سوز واقاتو واتہٕ نووٕ ری وادو پیٹھٕ موجوٗد ہنٛدوٗ مُسلم برادری تہٕ بأے چارس دوارٕ تہٕ تتھٕ پأٹھی ژھیٚون کوٗشر بٹہٕ پننہِ میٚژ نشہِ۔ تِہندِس تہذیبس، تمدٗنس تہٕ زبأنی آو شدید دوارٕ واتناونہٕ۔ سُہ آو مال تہٕ جاداد نشہِ تہِ محروٗم کرنہٕ۔ یہِ چھُ کأشرِس تأرخس منٛز اکھ بدنُما داغ تہٕ تأریخ مُشراوُن گوٚ تأریخ مسخ کرنس برابریُس کانٛہہ تہِ شأیستہٕ قوم وبراأوِتھ ہیکہِ نہٕ۔ یِمو دِل دوزتہٕ المناکِ واقاتوٚ کٔری ییٚتہٕ کٔین شأیرن، أدیبن تہٕ دأنشورن پیٹھ تہِ سٔی نقش مُرتب۔ تہٕ یِمو لأج پننہٕ فنکارانہٕ صلأحیتوٕ ستی امہِ دادِچ وِژھ وأنچہِ باوتھ کٔرنی۔ کٔشیرِ منٛز روزن والیو غأر کأشرِ پنڈت أدیبو تہٕ شأیرو کٔر گوڈٕ گوڈٕ بندوٗق کہِ ہیمہِ ستی ژھوپہٕ تخیار۔ اماپوٚز جوٚمہ کیو أدیبو تہٕ دأنشوروتہٕ کٔشیرِ پیٹھٕ دژ امتیو مہاجر قلم کاروٚ ہیٚوت رٔلتھ میلتھ امہِ داژ ییک اِظہار کرُن تہٕ غأر مُلکی ہنٛس پیٹھ کٔشیرِ منٛز سپد یمٛن زیادتین تہٕ جلاوطن گأمتین کأشرِ بٹن ہنٛدِ بن ناسہٕ تراسہِ حالاتن پیٹھ ہیوٚتکھ افسوٗسُک اِظہار کرُن۔ اتھ سِلسِلس منٛز کر

اُنجمن ترقی اُردو (ہند) جوٚمی شاخَن جوٚمہِ کِس ابھنوٚ تھیٹرس منٛز "وادی کا کرب" ناوٕ اَکھ شارٕ محفل منعقدٕ تہٕ کٔشیرِ منٛز دہشت گردی خلاف آوشدید غم غوصُک اِظہار کرنہٕ۔ یِیتہِ چھوٚ واریاہو اَدبی اُنجمنو ہیوٚت اَمہِ قسمہٕ چین اَدبی محفلن ہُند سِنٛز کرُن تہٕ اُدیب تہٕ شاعِر رٔودی کھُلہٕ پأٹھی کٔشیرِ منٛز اِنسأنیت سوز واقاتن ہنٛز مذمتھ کران۔ کٔشیرِ کوٚر رفنکار کلچرل آرگنائیزیشنن اَمہِ قسمُک ڈٕسلابہٕ۔

کٔشیرِ منٛز رٔوزِتھ یِمو شاعِر وَیِمَن اِنسانیت سوز واقاتن خلاف آواز تُج تہٕ کأشرٕ بٔٹن ہُند ؤ ری یہٕ وادٕن ہُند تأریخ ڈٕر روو تِمَن منٛز چھُ فارٔوق نازکی سُند ناو سرِ فہرست۔ فاروق چھنہٕ یِتھٕ پأٹھی جلاے وطن شاعِرن ہِنٛدِس دأیرس منٛز یوان۔ سُہ رٔو دپنہٕ پُرنہِ پٹھ پٔدی تھٔوتھ دہشت گردن خلاف آواز بُلند کران۔ تِہنٛز شارٕ سومبرن "لفظِ لفظٕ نوحہ" چھِ 1995 تَس منٛز شایع سپٕز مٕژ۔ فاروق چھِ حساس آسنَس سٟتی سٟتی اَکھ دردمند شاعِر۔ أمی اوس کٔشیرِ ہُند رتہٕ دأوی گژھُن پننو اَچھو وُچھمُت۔ توٚے چھُ تِہنٛز شأیری منٛز تِم سأری واقاتھ یکجا گٔمتی یِمو سٟتی سأرے اِنسأنیت ترٕہران چھِنے۔ تِہنٛز شأیری یأژ چھِنے نہٕ قأبلِ توجہ بَلکہِ "لفظِ لفظٕ نوحہ" ہَس منٛزیُس اِنتساب نظرِ چھُ گژھان سُہ تہٕ چھُ غوٗر طلب۔ اَتھ منٛز چھُ سُہ پنٕنِس

ٹاٹھس دوس سورگہٕ واسی سوٗم ناتھ سادھوٗ ہَس یاد کران تیٚمی ہنٛز موج پنٛنس اولادِ ہنٛدی پاٹھی تہنٛدِس کلس پٹھ تہٕ شفقتُک اَتھ اُس پھِروان۔ اماپوٚز ووٚنی چھےٚ سو گرِ نِشہِ دوٗر دوٚیمبن کاشرٕ بن بٹہٕ مہاجرن ہٕتی کتھ تام مائیگرنٹ کیمپس منٛز پناہ گزٕہن۔ انتساب وُچھو:

سوم ناتھ سادھو تیرے نام
جانتا ہوں تمہاری ماں کملی
کشمیر چھوڑ کر گئی ہے
اور اپنے ساتھ
چاندی کی وہ تھالی بھی لے گئی ہے
جس میں وہ
ہم دونوں کے لئے کھانا پروستی تھی
کیا تُو جانتا ہے
وہ میرے ڈر سے کشمیر سے بھاگ گئی ہے



فاروق ہنٛد بن غزلن تہٕ نظمن منٛز تہِ چھِ یِتھہ بے شُمار مثالہٕ میلان یموٚ ہٕتی تیٚمہِ کتھِ ہُنٛد احساس چھُ سپدان زِ سُہ چھُ یمن نام نہاد مُجاہدن نفرت کران

یِمو کشیرِ ہِنٛدِس ذرس منٛز بورۄ ڈُک بٔیول چھُ وۄ ومُت۔ تہنٛد بن غزلن منٛز چھِ تِتھی وارِیاہ شار یِمو ءتی کشیر ہنٛز تبأہی تہٕ بربأدی ہِنٛدِ داستانٕک انداز چھُ ہبکان لگاونہٕ یتھ۔ تم چھِ کُنہٕ کُنہٕ علامتن منٛز تہٕ اَمہِ وادِ تہٕ دگہٕ ہُند اِظہار کران تہٕ کُنہٕ ٹاکارٕ باوتھ کران۔ مثلن "الفظ لفظ نوحہ "منٛز وُچھِو کیٛنہہ شار۔ یِمو ءتی جان پأٹھی ییمہِ کتھِ ہُند احساس چھُ سپدان زِ دہشت گردی ہِندی أمی رتہٕ سٔری ڈزاماہن چھُ سون معاشرٔتی نِظام مُلہٕ موٗنجہِ بربادکوٗرمُت:

اُجالوں کے پُجاری گا رہے ہیں　　ہمارے گھر جلائے جا رہے ہیں
خس وخاشاک کی مانند انسان　　وتستا میں بہائے جا رہے ہیں



اب کبوتر بام پر آتے نہیں　　شوخ پنچھی پیڑ پر گاتے نہیں
شہر سُونا راستے ویران ہیں　　لوگ اب آتے نہیں جاتے نہیں



فاروق سنٛز نظمہٕ تہٕ چھےٚ سنہٕ نس لایق۔ 1990 کی ایک صُبح، سُرخیاں، یہ کیسی رُت آگئی جنون کی، چلہ کلان اور کشپ رشی کی نگری جیوے وغارٕ چھےٚ تہنٛز یژھِ نظمہٕ یِمن منٛز وادی اندر پھأیلمژ بدامنی پیٹھ شدید غمٕک اِظہار چھُ

دژ پیٹھ گو ھان۔

فاروق ہنز یمہٕ نظمہٕ چھےٚ خوف، بیم، بے قرٲری تہٕ بے کسی ہنز داستان ٲچھن بڑ وٚنہہ کُن انان۔ تہنز یہِ نظم "یہ کیسی رُت آ گئی جنون کی" وُچھتو:

میں اپنی بیوی سے بات کرتے
نپے تُلے لفظ بولتا ہوں
میں اپنے دفتر میں ساتھیوں سے
لکھی ہوئی بات بولتا ہوں
میں اپنے لختِ جگر سے اکثر
نظر مِلانے سے کانپتا ہوں
یہ کیسی فصلِ بہار آئی
صبا سے خوشبُو ڈری ہوئی ہے
یہ کیسی رُت آ گئی جنون کی
نسیم گلچیں سے مِل گئی ہے!!

خوفک تہٕ ہیبتک یہوے تاثُر چھُ فاروق ہنزِ نظمہِ "1990 کی ایک صُبح" ہنس منزتہِ میلان۔ اَتھ نظمہٕ منز تہِ پاٹھی دہشتک منظر و وتلاونہٕ آمُت چھُ

سُہ چھُ حقیقتس پیٹھ مبنی۔

فاروٗق چھَ اَتھ نظمہِ منٛز پانے پنٛنۍ مِثال پیش کٔرتھ نہٕ صرف پنٛنۍ کتھ کران بَلکہِ چھُ عام لُکن ہٕنٛز تہٕ وکالتھ کران۔ یم زن مُجأہدن ہٕنٛدِ خوفہٕ سِتۍ دَم پھُٹۍ گٔمِتۍ چھِ۔ وُچھِو تم کتھ کٔنۍ چھِ اَمہِ دادِ تہٕ دگہِ ہُنٛد اِظہار کران:

مُجھ کو ڈر ہے

وہ آئیں گے

جن کی آنکھیں نشتر بن کر

دِل میں گھاو بناتی ہیں

وہ بے چہرہ لوگ تو باش کرتے ہیں

کان بھی انسانوں کے جیسے

ہونٹ گلابوں جیسے لیکن

چہرے ڈھانپے

اِبلیسوں کے وارے نیارے

اپنے ہاتھوں پھُول مسل کر رکھتے ہیں

میں ڈرتا ہوں

وہ آئیں گے!

پنڈت کیلاش ناتھ کول میکشؔ کاشمیری چھُ بیا کھ شاعرِ یُس خوداداد قابلیتُک مالِک چھُ۔ میکشؔ چھُ کشیرِ ہِندِس ہفت چار علاقس منز زامت۔ اَما پۄ زِندگیہِ ہُند زیادٕ ترحصہٕ گُذورُن جوٗمس اندر۔ "بالِ ہما" اور "بالِ عنقا" ناوٕ تہنز زٕ شارٕ سومبرنہٕ چھِ بازرس منز آمژٕ۔ میکشؔ سٕنز شاعری منز چھُ روایتی رنگ غالِب۔ سُہ چھُ داغؔ سکولس سِتۍ تولُق تھاوان تہٕ علامہٕ اقبال سُند چھُ پرستار۔ اُہنز شاعری منز چھِ کشیرِ ہِندۍ المناک واقاتن ہنز عکاسی سپدان۔ میکشؔ چھُ کشیرِ ہِندِ پتہٕ وتھک بۄے چارٕ یاد پاوان۔ خُلدِ جاودان کشمیر، کشمیر - بھارت کا مکٹ، خطہ کشمیر، کشمیر کے علیحدگی پسند مُسلِم بھائیوں سے اور جھیل مانسر کے کِنارے ایک شام، چھے اِمی سٕنزٕ کینہہ یادگار نظمہٕ۔ یِمہ نظمہٕ پرٛتھ چھُ مولوٗم سپدان زِ جوٗمس منز روزنہٕ باوجوٗد چھے نہٕ اُمی کشیرِ مشرٛاوِمٕژ۔ میکشؔ سٕنزِ ساری بنٛد تہٕ بانٛد وچھِ پننہٕ میوٗ نِشہِ ژھنہٕ گٕمتۍ تہٕ مُلکہٕ کِنِ دوٗیمِ حصن منز جلاوطنی ہنز زِندگی زُوان۔ یِہ منظر چھنہٕ میکشؔ وُچھِتھ ہیکان۔ وُچھوٗ، کتھٕ پاٹھی چھُ شِکوٕ کران:

کِتنے لوگوں کو جنت بدر کردیا ہے ارضِ لالہ کو لاشوں سے کیوں بھر دیا

لوگ کِتنے مرے کتنے گھر جل گئے اُن کا شیرازہ کیوں منتشر کردیا

یہ وطن جن کا مولود و مالوف تھا اُنھی لوگوں کو کیوں دربدر کردیا



پننہِ بیٚپس اَکس نظمہِ منٛز چھِ کشیرِ ہنٛد بن علیحدگی پسند مُسلم باین اپیل کران زِ ہرگاہ تمہِ پزِی نمازِ گذار چھِ تیلہِ پزِ تمن بندٕ نوٲزی ہُند پوٚر فرض نکھِ والُن تہٕ قتل و غارتہٕ نشہِ پوٚت ہیوٚن۔ تِکیاز کانٛہہ تہِ مذہب چھُنہٕ قتل و غارت گری، لوٗٹھ مار تہٕ بربٔریتُک اِجازتھ دِوان۔ پننہٕ نمن خیالن چھُ پننہِ نظمہِ منٛز یتھٕ کنٛز زبو دِوان:

تمہیں معلوم ہے شیوہ ہے کیا سچے غازی کا
نبھاتا ہے جہاں میں فرض وہ بندہ نوازی کا
لگاتا ہے گلے سے غیر مسلم کو بھی وہ دائم
جِسے اللہ نے بخشا ہے رُتبہ سرفرازی کا
کسی مذہب میں بھی جائز نہیں ہے کُشت وخون دیکھو
بُرا انجام ہوتا ہے ہمیشہ فِتنہ سازی کا



1990 پتہٕ کٔشِر کشیرِ اندر المناک حالاتن صحیح تٕہ ظرس منٛز پیش کرن والین شاعرن منٛز ہکبو طاہرِ مظفر سُند ناو تہٕ ہیتھ۔ طاہر چھُ بُنیادی طور اَکھ باصلاحیت صحافی اما پوٚز تِمہِ صدی ہنٛدِس اَتھمِس دہلِس منٛز سپُد اچانک

شأیِری کُن مأیِل۔ "نیلام گھر" چھےٚ تہنٛز گوڈنچ نظمن ہنٛز سومبرن یوسہٕ فروری 2000 یَس مَنٛز شایع سپٕز۔ طاہرؔ چھُ پانہٕ تہٕ مہاجر۔ سُہ تہٕ چھُ پٔتِمو ژوداہَو ؤری یَو پیٹھٕ جَلاوطنی ہٕنزِس مَنٛز روزان۔ یِمہٕ کٔنی کأشِرِ بٹن ہٕنٛد بوٚدوکھَو تہٕ دادبوٚ نِشہِ وأقِف چھُ۔ أمی وُچھ پنہٕ نبوٚ أچھو کأشِرِ بٹن ہنٛز حالتِ زار۔ أمی چھِ دزِوِنبن سیکِسانن مَنٛز تمہٕ خمہٕ تہٕ وُچھمتی یِمن مَنٛز وادی کٔشیرِ ہٕنٛدی اصلی وأرِث روزان چھِ۔ أمِس چھےٚ اَتھ قومس سٟتی بربوٚر ہمدردی۔ طاہرؔ چھُ تِمَن دہشت گردن تہٕ نام نہاد مُجادن سوال کران یِمَن نہٕ کانٛہہ آیِن تہٕ نہٕ کانٛہہ واضح پالیسی بَلکہِ چھِ تِم سیاہ نقاب لأگِتھ کٔشیرِ مَنٛز بدامنی ہُنٛد بازر گرم کرُنس پتہٕ لٕگِتھ۔ وُچھتَو کِتھہٕ پأٹھی چھُ پنہٕ نِبن احساسن ہنٛز باوَتھ کران:

تمہارے عمل سے آباد گھر ہیں اب اُجاڑ

تمہارے عمل سے ہوئے بچے یتیم

تمہارے عمل سے چِھن گیا ہے

ماؤں بہنوں کا سہاگ

قاتِل نام ہے چھوٹا

تمہارے لئے

چنگیز، ہلاکو اور ہٹلر
تُم سے بہتر تھے
کہ کھُل کر سامنے آئے تھے



وُنی پننہِ بیٚپِس أکِس نظمہِ " کیا کروں "منٛز چھُ سُہ راوِمژ کٲشیر جایہِ جایہِ دِوان تہٕ اَمہِ سرزمینہٕ ہُند تقدُس بحال کرنس دَس ٹُلان۔ سُہ چھُ سو کٲشیر یاد پاوان یوسہٕ کشپ ریٚشی بسأوِمژ اَس۔ یوسہٕ عِلم تہٕ عِرفان کیٚن شیدٲیین ہنٛز روزن جاے ٲس۔ ییمِکی پوٚت کالن پٔتھ وِزِ گُل پھوٚلرٲوی مگر وونی چھےٚ تتھی میٚژ بورٕ دِبوے یِوان۔ یِنہٕ نٮ۪ن جذباتن چھُ یَتھ نظمہِ منٛز یِتھہٕ پٲٹھی زبو دِوان:

گُنگاتی تھی حیات
ناگہاں ایسا ہوا
ناپید سب کچھ ہو گیا
دوستی فرزانگی
عاشقی دیوانگی
تیرگی نازِل ہوئی

بُجھ گئے لاکھوں چراغ

ساز بھی خاموش ہیں

گیت بھی روپوش ہیں

میں اکیلا کیا کروں

گمشدہ کشمیر کو آواز دوں یا

میں اپنے آپ کو آواز دوں

کیا کروں؟

پتہِ سہ پانس اَکھ سوال کران چھُ طاہر مُفطر جوٚمس منٛز کأشرِ بن بٹن ہنٛدِ ژٕ پچل بٕنمن تہٕ تِمن منٛز پٲتی شَل سیکہِ صحراو کس جوشس منٛز گذاری ژتبن کینٛہؤن ژِہبن ہنٛز پوٚرِ پوٚرِ عکأسی کران۔

تِہنٛدِس ذہنس منٛز چھُ پھِرِی پھِرِی یہِ سوال وۄتلان زِ کٔشیرِ ہنٛدی یم حقیقی وأرِث أسی تِم کیٚاز آے جلاوطن کرنہٕ۔ تِم کیٚاز آے پتہِ کلچر، تہذیب تہٕ تمدُنہٕ نِشہِ محرُوم کرنہٕ۔ تِہنٛز زبان کیٚاز آیہِ تھپہِ نِنہٕ۔ تِہنٛدی حقوق کیٚاز آے مُچھنہٕ۔ تِم چھِ مذہب کیٚن ٹھیکہِ دارن پڑٕ ژھان زِ أنٛزِ یموٚلٕو کم گوناہ أسی کٔری مٕتی یِتھ یم ظُلمکی تہٕ جبرٕکی شِکار بناونہٕ آے۔ تِم چھ قُرآن تہٕ حدیثٕک حوالہِ دِتھ وَنان زِ اَمہِ خوٚن خرابک اِجازت چھےٚ نہٕ

کاشُرٕ تہٕ مذہبی کِتاب دِوان۔ یِمن خیالات چھِ یتھٕ پأٹھۍ پیش کران:

چلچلاتی دھوپ ہے

آگ جیسے برس رہی ہے ہرسُو

تمازت حرارت میں

جھلستے ہوے کٹے پھٹے خیموں کی یہ بستی

ہمارے گناہوں کی داستان ہے

بھیانک بھیانک

یہ بستی اِدھر بھی ہے

یہ بستی اُدھر بھی ہے

تپتی ریت کے صحرا میں

خشک بے آب میدانوں میں

نکھرے نکھرے سے یہ خیمے

اور تاریک گھروندے اینٹوں کے

کہانی ہماری گناہوں کی



پننہِ اُتھی نظمہِ منٛز چھہِ بیٚیِس جایہِ ونان:

ایک بھی آواز نہ آئی کِسی جانب سے
یہ سرزمین جاگیر نہیں کسی ایک خاص فرقے کی
روک لو اُس کو جو ڈرا ہوا ہے اور سہما ہے
ہماری طرزِ دہشت سے
میں مسلمان ہوں اِسلام کی بات کرتا ہوں
تُم ہی قران کی کوئی آیت بتاو کوئی حدیث سناو
جو کہے کہ وہ جو ہم نے کیا
ٹھیک کیا اچھا کیا۔



پیتیامبر ناتھ درفانٔی ہرگاہ کاشُر زبانٔی ہنٛدی کوہنہٕ مشق شاعِر چھہِ اماپوٚز تمٕ چھہِ اُردوٕ ہَس منٛز تہِ شار ونان۔ جلاوطنی دوران یُس ادب تمٕو اردوہَس منٛز تخلیق کوٚرمُت چھُ تتھ منٛز چھہِ موتی لال ساقؔی تہٕ برج پریمی ہنٛدِس سورگواس گژھنس پٔتھ تہندی زٕ مرثیہ شامِل۔ یِم دوٚشوے کٔشیرِ ہنٛدی عاشق سَپدی غریب الوطنی منٛزے سورگواس۔ فانؔی چھہِ یِہنٛدِس موتس پٔتھ آہوزٲری کران تہٕ تِمن خراج پیش کران۔

ﮨِنار دہلوی ییٚن کٔرِی نٲری مرگہٕ کِمن ژۄ وہَن کٲشرِ بٹن ہِنٛدِس ہلاکتس پیٹھ پٔننہِ اٲکِس نظمہِ منٛز دہشت گرد خبر دار زِ ہرگا تِموٚ یہِ سِلسلہٕ جٲری تھوو تہِ تِمن پیٚیہِ اَمیک خمیازٕ تُلُن ۔

پیارے ہتاشن تہِ چھیٚ پٔننہِ گوڈنچہِ شارٕ سۆمبرنہِ "لمحاتِ گُمشدہ" ہَس منٛز جلاوطنی ہِنٛز پاُدٕ گامٕژ مسلوٕ ہِنٛز آورِی مٔتین کٲشرِ بٹن ہِنٛز ذیٚہنی افراتفری تہِ پریشانیہِ بُدٕ کڈنٕچ کوٚشِش کٔرمٕژ ۔

رٲقم چھُ پٔننہِ شٲیری پیٹھ کانہہ تبصرٕ کرُن مُناسِب زانان فقط چھس یوٗتے عرض کرُن ییٚ ہان زِ 2001 یَس منٛز سپز "سنگِ میل" ناوٕ میانٛہِ شارٕ سۆمبرن رچنا پبلی کیشنز جۆمہِ کہِ ایہتِمامہٕ شایع ۔ اَتھ منٛز چھیٚ واریاہ تخلیقہٕ یِم میلان یِمَن منٛز کٲشرِ ہُند دود ہِندتہِ سان وۄتلان چھُ ۔ مثلن:

جہلم کی موج ڈل کی فضا لے گیا کوئی
میرے شہر کا رنگ اڑا لے گیا کوئی



بستی خالی ہر اک در پہ تالا ہے
میرے شہر میں کس نے ڈاکہ ڈالا ہے



یہ کِس نے مجھے گھر سے بے گھر کیا ہے
یہ کِس نے ہے لُوٹا میرا آشیانہ



گھونسلا میں نے بنایا تھا چناروں میں
کون لایا ہے مجھے اِن ریگزاروں میں



کٔشیرِ ہٕندی دِل دوز واقاتھ تہٕ کٲشرِ بٹہٕ ہنٛزِ جلاوطنی ہٕندِس موضوٗعس پیٹھ تہٕ تِہندی مسلہٕ ٹٔنی کڈنَس منٛز کوٚر ریٚتہٕ چھوٚ زنانہٕ شاعرو تہٕ پَنُن حِصہٕ ادا۔ یِمَن منٛز ہکو ڈاکٹر نصرُت چودھری، نرگس ستارہ تہٕ نِکہت فاروق ہٕندی ناو ہیتھ۔ یِہنٛز شاعری ہُند مطالعہ کرنہٕ ستی چھُ مولوٗم سپدان زِ یِمو زنانہٕ شاعرو چھُ کٔشیرِ ہُند دود شِدتہٕ سان محسوٗس کوٚرمُت۔

شاعرن ستی ستی آیہٕ کیٚنٛژہ تِتھی افسانہٕ نِگار تہٕ بڑوٚنہہ یِمو پننین افسانن منٛز کٔشیرِ ہٕندِ دادِ تہٕ دگہِ ہُند وِچاڑ کوٚر۔ یِمو منٛز سپدی کیٚنٛژہ افسانہٕ نِگار پانہٕ تہٕ پننہٕ کُل زِندگیہِ ہُند اثاثہٕ ترٲوِتھ جلاے وطنی پیٹھ مجبوٗر تہٕ لگی مُلکہٕ کِس کوٗنس کوٗنس منٛز رہایٔش کرنہٕ۔ اَما پوٚز کٔشیرِ ہٕندِس لولس تہٕ

لگاوَس منٛز سَبزٕ تہٕ تِمن اَندر رکانٛہہ کمی۔ معتدل آب وہوا ہس منٛز بسن وألی یِم لۄکھ سَپدی گرم علاقن منٛز واریاہن مَسلن ہنٛدی شِکار۔

یِمَس کشیرِ منٛز پَنٕن بۆڈ باڑو دار مکانہٕ اوس تَس پئو یِتہٕ ژُنٛو تاوَ منٛز ٹمنٹن تہٕ ٹِمن منٛز گذار کرُن۔ یَنٛدِس آنگنس منٛز ماچھ کولہٕ آسہٕ پکان تَس پئو اکِہ پأس قطرِ باپتھ پھیٚہہ پھیٚہہ کرُن۔ یُس تہٕ پتِس کاروبارس منٛز آو راوس تَس ہیوٚتُن یِتہٕ غموتہٕ پریشانیو ستی شاہ ژھوکُن۔ کتی لۄکھ گیہِ بیٚج تہٕ سَر پھٹو پوستی یِمہِ عالمہٕ تہٕ کأیتاہ گیہِ گریٚشمہٕ ژنجہِ منٛز لۄہکی شِکار۔ بڈٕ بن بُزرگن ہنٛدی دوکھأ سی بدلے۔ یِمَن کھُلہٕ ہوہس منٛز وتھنک ہنک عادَتھ اوس تِمن ہیوٚتُن بنٛد کمرن منٛز شاہ ژھوکُن۔ شُربن ہنٛز حالتھ تہٕ أس خراب۔ دِلہِ بمبیہٕ منٛز روزن والین مہاجرین ہنٛدی مسلہٕ أسی بڈٕ ل بدل۔ تہٕ اوس نہٕ تِمن نکھِ ڈکھ کانٛہہ تہٕ یُس تِمن الوِہے پلو ہے یا یَس نش پَنٕن بوس لۄژِ راوِہَن۔ کیٚنژن لۄکن ڈۆل دِماغی توازُن تہٕ کیٚنژو کوٚر روقتہٕ بزوتھے پزان تیاگ۔ یہِ چھنہٕ اکھ المیہٕ تہٕ اِد کیاہ چھُ۔ ذی ہوش قلم کار رُد ہیوٚت اَتھہ پتھ سوچُن سرُن تہٕ پنٕنہِ فنکارانہٕ صلاحیتہٕ ستی ہیوٚتِک یِمن چیزن ہنٛد اِظہار پنٕنین افسانن منٛز کرُن۔ ریاست کیو یِمو افسانہٕ نِگارَو کأشربن بٹن ہنٛدبن دوکھن وادبن تہٕ کشیرِ ہنٛدبن دِل دوز واقاتن ہنٛز

عکاسی پنہٕ عین افسانن منٛز کرٛتھِن منٛز چھِ مالِک رام آنند، ظہور الدین، پُشکر ناتھ، ہری کرشن کول، خالِد حُسین، آنند لہر، وریندر پٹواری تہٕ دیپک بدٕکی ناو ہنٕس لایق۔

پُشکر ناتھ ہرگاہ وُری وادٕ وپیٹھ جو مس منٛز لسان بسان چھِ تو پتہٕ تہٕ چھِ تہندی کینٛہہ تِتھی افسانہٕ بڑ ونہہ کُن آمتی یمن منٛز مہاجرن ہُند بن دوکھن دادبن ہُنز عکاسی سپدان چھےٚ۔ "پیر پنچال کا آخری گواہ"، "رنگ بدلتا ہاتھ" تہٕ "سچی کہانی جھوٹا خواب" وغارٕ چھِ تہندی سرتازٕ افسانہٕ۔ یمن منٛز تِمو علامتن ہُندِ ذٔریہِ اَمہِ دادِ تہٕ دگہٕ ہُنز باوتھ کرٛمٕژ چھےٚ۔ یِتھےٚ پأٹھی چھِ مالک رام آنندن بے شُمار افسانہٕ لیکھی متی۔ باسان چھُ زِ 1990 کیو حالاتَو چھےٚ تِمن شِدتہٕ سان دِنٛن دِژمٕژ۔ تہندی افسانہٕ "بے گھر"، "واپسی"، "سرحد کے اُس پار" تہٕ "ابھی ہم زندہ ہیں"...... چھِ تِتھی افسانہٕ یمن منٛز اکہِ اندٕ کٔشیرِ ہُند بن ناسہٕ تہٕ اسہٕ حالاتن ہُنز تصویر بڑ ونہہ کُن چھِ یوان تہٕ بیٚیہٕ اند جو مس منٛز کأشرٕ بٹن ہُنز ابتر حالچ عکاسی سپدان۔ تِمو چھُ پننِس افسانہٕ "بے گھر" س منٛز کٔشیرِ ہُندِ تیرتھ استھان منٛز ذِکرِ کرٛمُت۔ تِہُنز کہانی "واپسی" منٛز چھِ بینہٕ تہٕ بأے ہندِس شروٗ ژِس بٕشتس پیٹھ کتھ کرنہٕ آمٕژ۔ "لمحوں کی خطا" منٛز چھِ تِم آرمی چیکنگ ستی پریشان حال عوامٕچ

ذِکر کران۔

آنندلہرن چھُ پننہِ ناولہِ "اگلی عید سے پہلے" منٛز معروضی انداز بیان اختیار کٔرِتھ یہِ ونہٕنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ زِ مضموٗن سیاستھ چھےٚ دوٗن مُلکن منٛز فسادن ہٕنٛز جڑ۔ یہِ چھےٚ عبدل تہٕ بدری سٕنٛز کہانی ییم مندرٕ منٛز شنکھ ژٔورِنس پتھ پشیمان چھہِ۔ اماپوٚز ہنٛدوٗ مُسلم بٲے چارٕ چھہِ برقرار تھاوِتھ۔

"سرحد کے اُس پار" چھُ لہر سٕنٛز تازٕ افسانہٕ سوٚمبرن۔ اَتھ منٛز چھےٚ سرحد اپاٗرِمہِ دہشت گردی ستی پاٛدٕ گژھن واجنہِ صوٗرت حالچ پوٗرٕ پوٗرٕ عکاسی کرنہٕ آمٕژ۔

خالد حسین سٕنٛز کہانی "سانجے درد کی ٹیس" چھےٚ سوا کھ کہانی یتھ منٛز تِموٚ کٔشیرِ منٛز ہجرت کرن وٲلِس کٲشرِس بٹہٕ سٕنٛز پریشانی ہُند نقشہِ چھُ کھیٛوٗنچ مُت۔ یَس جومہِ کِس روگناتھ مندرس نکھہِ بازرس منٛز اَکِس اژان کٲشرِس مسلمان خواجہٕ صابس ستی مُلاقاتھ سپدان چھُ۔ تِم چھِہ اَکھ أکِس نالہِ متہٕ رٹان تہٕ ژوٚنگہٕ دِوان۔

دیپک بُدکی چھُ توٗ افسانہٕ نِگار یِمی جلاے وطنی دوران واریاہ افسانہٕ لیکھی ییم معتبر رِسالن تہٕ جریدن منٛز شایع سپدی۔ تِہنٛز افسانہٕ سوٚمبرن "ادھورے چہرے" سپز 1999 منٛز چھاپ۔ اَتھ منٛز چھِہ تِمٕ اِنسانی

عکأسی پنہٕ نبن افسانن منٛز کٔرتمن منٛز چھِ مالِک رام آنند، ظہور الدین، پُشکر ناتھ، ہری کرشن کول، خالِد حُسین، آنند لہر، وریندر پٹواری تہٕ دیپک بڈکی ناو ہیٚس لایق۔

پُشکر ناتھ ہرگاہ ؤری وادو پیٹھٕ جوٗمس منٛز لسان بسان چھِ تو پتہٕ تہٕ چھِ تہندی کینٛہہ تتھی افسانہٕ بڑوٕنہہ کُن آمتی یمن منٛز مہاجرن ہند بن دوکھن دادبن ہنٛز عکأسی سپدان چھےٚ۔ "پیر پنچال کا آخری گواہ"، "رنگ بدلتا ہاتھ" تہٕ "سچی کہانی جھوٹا خواب" وغأرٕ چھِ تہندی سرتازٕ افسانہٕ۔ یمن منٛز تِمو علامتن ہنٛدِ ذٔریہِ امہِ دادِ تہٕ دگہِ ہنٛز باوتھ کٔرمٕژ چھےٚ۔ تتھےٚ پأٹھی چھِ مالک رام آنندن بے شُمار افسانہٕ لیکھی متی۔ باسان چھُ زِ 1990 کیو حالاتو چھےٚ تِمن شِدتہٕ سان دِنٛن دِژمٕژ۔ تہندی افسانہٕ "بے گھر"، "واپسی"، "سرحد کے اُس پار" تہٕ "ابھی ہم زندہ ہیں"...... چھِ تتھی افسانہٕ یمن منٛز اکہِ اٹھِ کٔشیرِ ہنٛد بن ناسہٕ تژ اسہِ حالاتن ہنٛز تصویر بڑوٕنہہ کُن چھِ یِوان تہٕ بیٚیہِ اٹھ جوٗمس منٛز کأشرِ بن بٹن ہنٛز ابتر حالژ عکأسی سپدان۔ تِمو چھُ پننِس افسانہٕ "بے گھر س" منٛز کٔشیرِ ہنٛدِ تیرتھ استھان ہنٛز ذِکرِ کٔرمُت۔ تہنٛز کہانی "واپسی" منٛز چھِ بیٚنہٕ تہٕ بأے ہنٛدِس شرٛوٗژِس رِشتس پیٹھ کتھ کرنہٕ آمٕژ۔ "لمحوں کی خطا" منٛز چھِ تِم آرمی چیکنِگ ستی پریشان حال عوامٕچ

میانبن پنہٕ نبن تنقیدی تہٕ تحقیقی کامبن ہرگاہ خودستائی مانہٕ پیہٕ نہٕ تہٕ 1990 پتہٕ رنگہٕ رنگہٕ مُصیبتن منز گرفتار روزنہٕ باوجوٗ دتہٕ رُو دُس بہٕ علمی تہٕ ادبی کامبن ستی وابستہٕ۔ یمن علمی تہٕ ادبی کامبن ہنز وکھنے یتھ مضموٗنس کرٕنی بنہِ طوالتُک سبب۔ لہٰذا چھُ پیٚتبن میانبن تصنیفن ہُند صرف ناو ہیوٚن کاُفی۔ جلاے وطنی دوران یم میانہِ کتابہٕ بازرس آے تہُند تفصیل چھُ یتھ کنٕہ:

۱۔ ردِ عمل (تنقید و تحقیق) 1994

۲۔ تاثُرات ((تنقید و تحقیق) 1997

۳۔ سنگ میل (شاعری) 2001

۴۔ پیش رفت (تنقید و تحقیق) 2002

میانبن ترتیب دِژمژن تصنیفن ہُند فہرس چھُ یتھ کنٕہ:

۱۔ برج پریمی۔ایک مطالعہ

۲۔ افکارِ ولی

۳۔ مباحث

۴۔ وبڑھنے (کشمیری تنقید و تحقیق)

۵۔ وراثت (کشمیری تنقید و تحقیق)

زِنٛد گیہِ ہنٛدی سبٹھاہ کھٔری دار مسلہٕ جان پأٹھی وۄتلأوی ہتی۔

جلاے وطنی ہِنٛد بن یِمن ژۄداہَن وٕری یَن منٛز یِمن نثر نِگارن ہٕنٛز تصنیفہٕ عام لۄکن تام واژِ تِمَن منٛز چھُ پیارے لال کول بڈ گامی سُنٛد ناو سرس۔ بڈ گامی صأب چھِ اَکھ باشعور نثر نِگار۔ تِمی چھِ کٔشیرِ ہِنٛدِس موضوعس پیٹھ سبٹھا جان مضموٗن لیکھی متی۔ سُہ چھُ انگریزی زبأنی منٛز تہِ طبع آزمأیی کران اَماپوٗز اُردو زبأنی تہٕ ادبس سٟتی چھُس بے پناہ موحبتھ۔ سُہ چھِ سیاست ہِکس موضوعس پیٹھ تہِ قلم تُلان تہٕ سنجید مضموٗن تہِ لیکھان۔ اُمی چھنہٕ صرف جوٗمس منٛز کأشرِ بٹن ہِنٛدِس حالتِ زارس پیٹھے یوٗت قلم تُلمُت بٔلکہِ چھُن جلاے وطنی منٛز تِہِنٛز سمأجی، معأشی تہٕ اقتصأدی زنٛد گیہِ ہُنٛد تہِ جأیزٕ ہیوٗتمُت۔ "ہندو مُسلِم اِتحاد کا تابناک ماضی تاریک حال اور غیر واضع مستقبل" چھِ تِہِنٛز اَکھ قأبل قدر کِتاب یوسہٕ 1992 ہَس منٛز قومی پرنٹنگ پرَیس جوٗمہِ پیٹھ شایع سپٕز۔ "کشمیری پنڈتون کی داستان غم والم"، "کشمیر کے مسایل اور تجاویز"، "کشمیری اکثریتی فرقے کیلیے آزمایش" "کشمیریوں کے غم والم" تہٕ "کشمیری مسلمان دشمن نہیں دوست" چھِ اَمہِ کِتابہ، ہِنٛدی اہم باب۔ کِتابہِ منٛز چھُ کأشرِ بٹن ہُنٛد دوکھ دود کارٹوٗنَن ہِنٛد ذٔریہِ توٗن کڈنٕچ کوٗشِش کرنہٕ آمٕژ۔

۱۔ اُمیدوں کا دور

۲۔ اُمیدوں کا بِکھراو

۳۔ اُمیدوں کی موت

"اُمیدوں کا دور" بأ گس مَنز چھُ فأضِل مُصنِف 1947 برٕ ونٛٹھم یادٕ وۆتُرو برٕ ھناوان تہٕ دِلس پرٕ یہِ وُن امیک خاکہٕ کھینٛچان۔

"اُمیدوں کا بِکھراو" بأ گس مَنز چھےٚ 1947 پتہٕ کٔشیرِ مَنز سَپد ے مِتین واقعن ہنٛز عکأسی کرنہٕ آمٕژ۔ تہٕ أخری باب "اُمیدوں کی موت" چھُ 1990 کین دِلدوز واقاتن وبحاظ کران۔ یہ باب چھُ کِتابہِ ہُند سبٹھاہ اہم باب۔ یَتھ مَنز کأشرٕ بن بٹن ہنٛز تمہِ بےٚ قرأری تہٕ نااومیدی ہنٛز داستان لکھنہٕ آمٕژ چھےٚ یمہِ کہوٕ نارٕ لمبکو 1990 عیسوی مَنز تم آوٕ رأوی مِتۍ أسۍ تہٕ تِہنٛد بن ارمانن ہنٛزِ ژھبتایہِ سوٕ رٕ موٚٹھ گرہمٕژ أس۔ چوٗنکہِ رِشی دیو چھِ پانہٕ تہٕ اَکھ سرگرم سیأسی تہٕ سمأجی کارکُن رۆدی مِتۍ تِمن میوٗل کٔشیرِ ہنٛد بن بڈٕ بن بڈٕ بن سیأسی رہنماہَن سِتۍ نکھٕ ڈکھٕ کأم کرنُک موقہٕ۔ توٚے تہٕ چھِ تِم کٔشیرِ ہِنٛدِس سَنہِ رَس وہ گنارَس پوٚرٕ پأٹھی وأقِف۔ "زخموں کی زبانی" چھُ مُصنِف سُنٛد کٔشیر ہِنٛدِس اقلیتی فِرقس سِتۍ نابرابری ورتاوُنک أچھو ویُھمت حال۔

۶۔ جموں وکشمیر اُردو ادب کی نشو ونما (تنقید وتحقیق) دوا یڈیشن

۷۔ ذوق نظر (دوسرا ایڈیشن)

۸۔ سپنوں کی شام (افسانے)

۹۔ منٹو کتھا (تنقید وتحقیق)

۱۰۔ برج پریمی ۔ شخصیت اور فن (تنقید وتحقیق)



محمد یوسف ٹینگ چھِ کٲشِرِ ہٕندی معروٗف تہٕ قد اور محقق، نقاد تہٕ أدیب ۔ یَمو مِلی ٹھبسی دوران جوٚمِس مَنٛزٕ ے قیام کوٚر تہٕ کھوژنہٕ ورأے روٗ دی لیکھان ۔ "جستہ جستہ" تہٕ "مہجوٗر شناسی" چھےٚ تِہنٛزٕ زِأہم کِتابہٕ یِم تِمو جوٚمہِ روزنَس دوران لیچھِ ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ تِہنٛدی بے شُمار مضموٗن مُلکہٕ کِبن مختلِف تہٕ معتبر رِسالن تہٕ جریدن مَنٛز چھپان روٗ دی مِتی یِہنٛز اہمیت تسلیم چھےٚ کرنہٕ آمٕژ ۔

"زخموں کی زبانی" چھےٚ رِشی دیو سنٛز تصنیف یِم ریاستُکی اَکھ بُزرگ، سیأسی تہٕ سمأجی کارکُن چھِ ۔ یہِ کِتاب چھےٚ بوٚنہٕ کنہِ درٕج ترٛن بابن پیٹھ مُشتمِل:

"برف میں آگ" چھےٚ کٲشیرِ ہِندِس نامور صحافی موہن چراغی سٕنٛز تصنیف۔ اَتھ مَنٛز چھِ کٲشیرِ مُتلِق کیٚنٛہہ اہم بحث تُلنہٕ آمٕتۍ۔

یِمہِ موختصر جایزٕ ستۍ چھُ مولوٗم سپدان زِ اُردو زبٲنۍ ہِندۍ قلم کار تہِ روٗدۍ نہٕ جلاوطنی مَنٛز خاموش تہٕ اَتھ زٕ وُٹھ بلکہِ کوٚر تِمو اُردو زبان تہٕ ادبکۍ کیٚنٛہہ اہم موضوٗع منظرِ عامس پیٹھ اَنِتھ یِتھ تمہِ دردٕ ناک دوٗرُک وبحاظ تہِ یِمہِ دورٕ مَنٛزۍ تِمن گُذرُن پیو۔



# JALAI WATNI HUND ADAB

## (Literature in Exile)

سمپرتی ؤسہ شایع کرنہٕ آمتی ٲتی سر کتابی سِلسِلُک خصوصی جلد

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | ٲتی سر جلد ۱: کاشرین بے وطن شاعرن ہنٛز 1990 پیٹھ 1996 تام لیکھنہٕ آمٕژ شاعری ہنٛد بن نمونن ہنٛز سومبرن ۔ | 1997 : |
| ۲۔ | ٲتی سر ۲: اَتھ وقتس دوران لیکھنہٕ آمتہ نثرچ ژوٲر | 1997 : |
| ۳۔ | ہم کال کوشُر ادب: پژھمِس ؤہلس دوران لیکھنہٕ آمتہ کٲشر ادبچ مولانکون ۔ | 1998 : |
| ۴۔ | عہد ساز نادم ۴: دینا ناتھ نادمس متعلق مقالن پیٹھ مبنی ۔ | 2000 : |
| ۵۔ | مُلاقاتھ ٲتی سر ۵: بُزرگ ترکو ہنٛزہ مشتق کاشرین ادیبن سۭتؠ مُلاقاتن پیٹھ مبنی ۔ | 2002 : |

Printed at: JK offset Printers,Delhi-6
Phone: 23279852, 23241368